# SHEEN E SHEHER

Poetry Collection

A. K. SHAIDA

چھی کمہِ سونٹکی پوپُری ناؤلی
مےٚ چھُ وۄشلیو مُت شینہٕ شہر



MUKHTAR PUBLICATIONS

نام کتاب: شینہٕ شہر

مصنف: علی شیدؔا

صنف: شاعری

سرورق: عادل مختار

کمپوزنگ: المختار پبلی کیشنز اسلام آباد

چھپن وٗری: ۲۰۱۱ء

مول: Rs 350/-

طباعت: باجی پرنٹرز

**کتاب میلنُک پتہ:**

☆ کتاب گھر: لال چوک سرینگر

☆ المختار پبلی کیشنز: نئی بستی اسلام آباد کشمیر

☆ علی شیدؔا: نیپورہ فون: 9419045087

# اِنتساب

پننہِ آشنہِ ہندِ ناوٕ یہندی وہرأ ژمزازن زمانکی تا پھ تہٕ
شہلی بیوٚن بیوٚن کڈِتھ مےٚ زندگی ہندی معنہ فکرِ تأری

تہٕ

پننین دوٚن شُرِ بن جُنید تہٕ محموٗدنہِ ناوی

یہُند اڈٕ کوٚل بول بوش میلہٕ وادٕ دوٗرِ پیٹھ تہِ میٚہ مرٕنند رِٹلان
اوس تہٕ ازنکھٕ ڈکھٕ روٗزِتھ پوشہٕ تھرِ بن ہنٛز خوشبوے پلہٕ ناوان
چھِ ۔ رب تھاأونکھ گُل عالمہٕ کنہن گُلبن سان سلامت

علی شیدا

# ڈائلی

شُکر تہٕ ثنا رٕ وبس کُن یٚمی میأنس قلمس یہ ہونر دیُت زِمےٚ گُری
حرفن مأری مندی معنہٕ تہٕ شارن خوش پوٗنی رنگ یُتھ زن پرن وألی
سمکھن تمن شہِلبن یتہٕ تاپہٕ تژرُک شعوٗر ذٕ یہنہٕ رکس سوٚتھرِس دوٗ دسہٕ
ٹلان چُھ۔ یمن تاپہٕ ٹیکبن لیوٗکھم شہجارُک نیب۔ یُتھ بے سوکھ ژلہٕ لارِ
منز کڈِ کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ دم سنبأرتھ وٕ وشُل تہٕ ذٕ یہنکی ڈٕری چہ یلہٕ ترأ وِتھ
وُچھِ کأیناتکی تم رنگ تہٕ ژیٚنہٕ تم راز یمن عام نظرن ہنز ژھا پنٛھ ٹھرِ چھِ
آسان۔

شأعری چھ جذباتن تہٕ احساسن ہنز سوأ ڈرن یوسہٕ أندری وُتشی
تہٕ نبری تیونگل تژرِ حرفن ہندی جامہٕ وٕلِتھ پوشہٕ خوشبوے ہندی پأٹھی ژھٹہٕ
ماران کاکدی سوٚتھرس پیٹھ مہریٚنی تون رٕنزٕ ناوان چھےٚ۔ یہ چھُ دیہٕ سُند
دیُت تہٕ تجربأتی کریٖیہ ہُند فصل ییتھ یُتاہ لولہٕ کھول کروتیوٗ تاہ لبِہ وُسجار

تہٕ تمی انمانہٕ پراوِ حُسن۔ سیٖکلی اچھرن حرفن ہُند جامہٕ ۂلتھ معنہٕ دیُن تہٕ تم زندگی ہِندِس پزرس نکھہٕ واتناوٕنی گژھِ شاعری۔ شاعر چھُنہٕ محض سوٚدرٕ وِچھس کنی لۍتھ دایرٕ تُلان بلکہ پانہٕ تمن دایرن منز اَژِتھ گیر بچوکران تہٕ تیوٚتاہ پھالان زِ سورُے سوٚدُر چھس اَچھن منز ژمان۔ سُہ چھُ شہہ پرن پیٹھ سوار سپدِتھ گۄہے سوٚدرٕ ژکِس اتھوٚسِتی ساران تہٕ گۄہے شُنیٖ سریہ کوچہ گلبو واوِ رنگشو ہندی پاٹھی ژھٹہٕ ماران۔ شہن ہِندِس تُلہ تراوس منز ووتھِ بیٹھ کران تہٕ ژھوپہٕ ہِندِس شعوٚرس منز ژھپھ دِتھ لاشعوٚرِچ گنگہ رارے بوزان۔

شاعر چھُ اکھ عام انسان آسِتھ تہٕ ہنابدوٚن کمہِ تاں ظُلماتی وتہِ ہُند مسافر۔ تس چھُ وچھس اندر تُلہٕ تیوٚ نگُل وپھان تہٕ بے قراری ہُند جامہٕ ۂلتھ چھُ تس کمہِ تام رأوی متہٕ انہارُک ژھانڈ وبارِ آسان۔ تس چھُ جمالیأتی حبس تیوٚتاہ وسہِ آسان زِ کنبن تہٕ چھُ انہار ووتلان، پوشہِ ۂتھرن چھُ جگر ژھبان تہٕ تارکھ نب چھُ ۂستھ پِوان۔ رونہٕ گوڈُک شروبن چھُ تس پدبن سفر گنڈان تہٕ ظُلماتی زوٚین ہنز ہکچہٕ چھس دِلچہ دُبرایہ

لارِتھ گژھان۔

زمانٕک توٚت ترُین چھُ گونماتس زگ تہٕ پریوٚن ژارنٕک شعوٗر
بخشان تہٕ اِدٕ چھُ سُہ یمن نے سنگ حرفن معنہٕ دِنچ ژھرٹہٕ ژھرٹہٕ کران یم
نہ عام نظرن دڑینٛٹھی چھ گژھان۔ تہٕ اِدٕ ییٚلہ یمن حرفن کمہِ تاں غٔبی
طاقتُک ہواز پر دیہٕ تہٕ مہربأنی ہندی جامہ وِلہِ شار چھُ خوشبو ژھٹان تہٕ
حرفن چھُ معنہٕ میٹھان سطرٕ چھٕے سورمہٕ لأگتھ دِل تنبلاوان۔ تہٕ غزل یا نظم
چھٕے مہرٕ ینٛز ہش پأراونہٕ یوان۔ أتی چھُ پرن وألس رُحس قرار تہٕ دِلس
فرحت حأصل سپدان۔ جمالیأتی حِس چھُ شأعرس حقیقت چہِ پینٛجہ پیٹھ
بیہنأوِتھ معرفتکی پیالہٕ چاوان۔ ستھ سوٚ درژھانٕہٕ ترنٛچ کل تہٕ زم زٔمی تریٚشہ
دودسہٕ ہوٚ مراونٛچ ژھرٹھ ژھرٹھ چھِ قرار لبان۔ تسنٛد ڈبہ چھُ کربلاہکس
سیٖکلِس چھاپ ترأوِتھ پزر کہ اصوٗلچ الم سربُلند کران۔ سُہ چھُ باضے
رُسل میرنی پأٹھی لولہٕ وتن پیٹھ وبداکھ دِوان تہٕ گاہے حبہ خوٗتوٗ نہٕ ہندی
پأٹھی ژندٕ ہاری کونگہٕ وُڈرن منز ہردی کونگہ پوشن پٔن گدرُن باوان۔
حفٕ شیخن پأٹھی اندرٕ نبرٕ تن مأنجتھ یارس پان وندان تہٕ للہِ ہندی پأٹھی

غبتھ ننی شعورس پزرٕ کی جامہٕ وٕلتھ سونہری کامہٕ دِوس نالہٕ متہٕ رٹان۔

مےٚ کوٚر گوڈے عرض زِ شاعری پھبہِ نہ تو تام یوتاں نہ تتھ روبہ سُند میچھر رل گژھہِ، تی تہٕ چھُ مےٚ ءتی سپدان۔ کُس تام أندری ژوٗر چھُ میٚہ اکثرسن دِوان روزان تہٕ میانہ سونچہ پہرٕ ژکھ دِتھ میأنس ہوندرٕ بیٹھالس وبگلاوان روزان۔ میانین سوکھن بے قرار کران، شہن دارس کھالان تہٕ وہشن سُنی سریہ وُپھناوان۔ مےٚ چھُ قلم بانبرٕ گژھان تہٕ کاکُد بے سوکھ حرفن چھ دِنن لگان تہٕ شار چھُ تھنہٕ پہوان۔ وق چھُ کٔڈر باسان۔ شارن منزٕ کُس زُوزہٕ تہٕ رنگ چھُ تہِ چھنہ میٚہ پانس تہِ خبر۔ سو خبر چھُے پرن والین یمو میانہ کتابہ پٔرتھ شاید میون دل رنزناونہٕ موکھٕ مےٚ دعاے خأرگری تہٕ ازتہِ چھ کران تہٕ آیندہ تہِ کرن انشاء اللہ۔

روٗمأنی شاعری آسنک معنہٕ گوٚ ونہ زِ شاعر کیاہ چھُ حقیقتہٕ نِش فرار ژھاران بلکہ یہ زِ سُہ چھُ حقیقتس أکِس تژھہِ شکلہِ منزٕ تلاش کران یوسہٕ پزرس نکھہِ ڈکھہِ آسہِ۔ کایناتک زرٕ زرٕ چھُ امہٕ کِس خألقس تابع تہٕ سُے ظہوٗر چھُ مشأہدہ منگان۔ وُچھن وألی چھِ سورمہٕ لأ گتھ تمہِ کُے دیدار

ژھاران ۔ رو بہ سُند عشقِ محبوب تہٕ چھ کائناتُک تھدِ تھوٚد پزر تہٕ یو ہے عشق و معشوق سُند ورتاو تہٕ امیک حُسن چھُ جمالیأتی شعوٗرس پوختہ کرِتھ حقیقتس بروٚنہہ کنہٕ اِستادٕ کران تہٕ أنہٕ چھُ سوے تصویر پانس منز شرٚپیر اوان ۔ شرط چھُ یہِ زِ دلہٕ شُل تہٕ نظر گڑھن باطہارت آسنۍ ۔ روٗح چھُ پاکیزہ جامن منز پھبان تہٕ زندٕ روزان ۔ اِدٕ چھُ ژھانڈن وول وصلکہِ کوثرٕ پئنن دوٚ دسہٕ سأراب کران ۔ شأعرس چھُ یو ہے بیٚاکھ عالم باگہِ آسان آمُت یہٕتہِ تس پننہِ مژرُک موسم نالہٕ وٕلتھ چھُ روزان تہٕ أتھۍ موسمس منز چھُ سُہ پننۍ وُچھل خاب کرِکھہٕ دی دی وُپھناوان تہٕ ژھرٹہ ژھرٹہ کروٕنی تأپر ژھاران روزان ۔ بہ چھُس تمن گرٕ بأژن سلام کران یِم یِمن متیٚن ہُند مژرٕ پئنن دوکھ سوکھ مُشرأوتھ وتران روزان چھِ ۔

پننہِ ماجہ زیوٕ لول برُن فرض زأنِتھ یِم یار دوس پئنن عأش آرام تہٕ سوکھ قوربان چھِ کران تِمن شوٗبہ سلام ۔ ییٚتھ بے سوکھ تہٕ ماٗدی کالس منز پئنن گرٕ بار تہٕ شُری بأژ ترأوتھ یہِ دُلِ زِ تہٕ مُشرأوتھ کأشرس ادبس ستی پئنن دوہ دبن راوٕ راوُن تہٕ چھے اکھ اخلاقی تہٕ شعوٗری قوربأنی تہٕ پتہٕ رو بییہ

روٗدلأ گتھ کتاب چھاپنہٕ۔ یارن دوستن مفت گرٕ واتناوٕنی تہٕ ہُر یمانہٕ
کتابہٕ بور المارِ شلفن اگادِ کرُن یُتھ زِ زلری ولنکھ زأجہٕ جامہٕ نتہٕ
چھندراوکھ زمانٕچ أتھر۔ یہ سورُے چُھ باضے بے معنہِ تہٕ گاٹک سودا
باسان مگر کرِ کیاہ ماجہِ تہٕ ماجہِ زیوِ ہُند لول چُھ سأرسے ٕتھزرس۔

ازیٚلہ کأشُر اَسُن، کأشُر بوُلُن تہٕ ورتاوُن زنتہٕ عأب چُھ باسان
سأئنس عأبہٕ لدسماجس منز۔ انسانس چُھ جیرٕ ووتھان تہٕ وُتار یِوان۔
سرکأری طور چُھ فقط زبأنی جمع خرچ نظرِ گژھان تہٕ ادبی سوداگارن چُھ فقط
موٗل تہٕ نفع أچھن تھوپہ بہتھ۔ پوٚز یبتھ آوٕلنس منز تہِ چھِ واریاہ دوس تہٕ
ژوکھ درِتم یم بے سوکھ تہٕ بے قرار روزان چھِ۔ اکہِ نتہٕ بیٚیہ رنگہٕ چھِ
کأشر زبان، ادب، تمدُن تہٕ ثقافت رژھراونس پتہٕ۔ بے لوٗث تہٕ پُر
خلوٗص ادیبن تہٕ ادب نوازن ہنز کمی تہِ چھنہٕ مگر مگرِس پیٚمتی گربد تہِ چھنہٕ
کم کینٛہہ۔ ازتہِ اگر أسی حبسہٕ پیموٗنہٕ بازرس گژھِ تباہی۔ نوِس زمانس
ستی ستی قدم رلأوِتھ پکُن چھنہ ناکارٕ مگر پننہٕ وراثت راوٕ راوٕنی گوٚو پانے
پانس دغا دیُن تہٕ بأزی تارٕنی۔ اسہِ گژھ، تمہِ نش روب رٕ چھُن۔

میأنس گرد ِ گُتھس اوس زنتہٕ برٛزٕ وَن گوٗمُت توے دِتُم یمن کاکد تِلمن تھہ تہٕ سُے خاصہٕ دوٛژِھ منزٕ ژتھ چھُس ازتوہیٚہ برٛونہہ کُن پٕرٛن ''شپنہٕ شہر'' ہتتھ آمُت۔ تاپہٕ ٹیکی ہے چھو اسہِ تہٕ گرٛی توکم کینژھاہ عنایتھ۔ بہٕ چھُس امی شپنہٕ شہرُک روزن وول تہٕ تاپہٕ وَنس چھُس نیب ژھانڈان۔ میأنی یہ ڈألی رٕژھ باسہِ توہیٚہ مےٚ گرٛی زبوٗنٕی شچھ دیوٕ تہٕ سمہٕ کھ پنٕنس أندرٕمس شأعر علی شیدا ہسٕ۔ اتہِ ما گرٛژھ توہیہ رسُل میرِنی ژھرٹھ ژھرٹھ تہٕ رحمان رأہی سُند آولُن تہٕ گنہٕ گنہِ نظرٕ۔

بہٕ چھُس پروفیسر غلام محمد شاؔد صأبُن مشکوٗر یم مےٚ موحترم ووستاد چھ تہٕ کتھن منٛز دستگیری کران روزان چھِ۔ اللہ تعالیٰ گرٛی نکھ زٕ ژھ تہٕ میٹھ وأنس عطا۔

بہٕ چھُس پننس رفیق تہٕ شفیق دوست زأہد مختار تہٕ تسند بن شُربن بأژن ہُند تہِ ممنوٗن و مشکوٗر یم میٚہ النہٕ تہ ولنہٕ یِوان چھِ تہٕ یموٚ یتھ سوٗمبرنہٕ اندبوٚ ردیُت

''نجدٕ ون'' نی پورہ

**علی شیدا**

اکتوبر ۲۰۱۱ء

# التجا

دِل چُھ راواں قرار دِم مولیٰ
أشی پھیٚر بن ووِنی شُمار دِم مولیٰ

ناو ییرِونی مےٚ چھم طُفانس منز
نا خُدا چُھکھ ژٕ تار دِم مولیٰ

عظمتن ہنز قدأوری بخشُم
حبرفبژن رُت بہار دِم مولیٰ

وصلکی ژأنگی تیٚژ کرُم روشن
وحشتو نِشہ قرار دِم مولیٰ

شبنمکی پأٹھی اوٗش ہران روزا
تاپہ بٔرگن جہار دِم مولیٰ

لوٗکہ مٔتی ہے بہ مایہ چھُس وولمُت
پننہِ لولُک شہار دِم مولیٰ

تاپہٕ وہراو دِم شعوٗرس از
زوٗنہٕ گاشُک خُمار دِم مولیٰ

روزِ شیدا کران قدم بوسی
کوچہِ تہندےٚ مزار دِم مولیٰ



# ہدیہِ نعت

حاصِلِ حرفِ دُعا چُھم رحمتہً لِلعالمینؐ
چُھم خدا بعد از خدا چُھم رحمتہً لِلعالمینؐ

چُھس بشر آسن ٲمتہٕ مے سہو کیتا یوٚد مگر
نظرِ تل خیر الوریٰ چُھم رحمتہً لِلعالمینؐ

ہول چُھم وُچھہا بہ روے مصطفیٰؐ بلہم جگر
لولہِ کِس داٚدس دوا چُھم رحمتہً لِلعالمینؐ

آلوس تہندِس کراں چُھس نالہٕ متہٕ راتس دوہس
سُے وُٹھن دون پیٹھ سدا چُھم رحمتہً لِلعالمینؐ

ییٚلہ تہٕ زانٛہہ ہاہس تہٕ ہوٗہس درمیاں خاموش گوس

تیٚلہ تہٕ روٗحس ہمنوا چُھم رحمتہً لِلعالمینؐ

یس نہ ژھایی سُے رٕٹتھ سایس اندر دوٕن عالمن

مجتبےٰ چُھم، مصطفےٰ چُھم رحمتہً لِلعالمینؐ

کتھ نہ گوشس نوٗرٕ پرتو پیٚو منوّر گوٚو جہاں

پوشہٕ وُن شمس الضحےٰ چُھم رحمتہً لِلعالمینؐ

چُھے کران والیل. مویس شانہٕ یس بادِ صبا

سُے شبِ بدر الدُجیٰ چُھم رحمتہً لِلعالمینؐ



# نعت شریف

دِلن ہند دِل نشینا اکھ نظر کر
شِلن شہلتھ مدینہ اکھ نظر کر

شہے لولاک خورشیدِ دو عالم
مہے کامل شپینہ اکھ نظر کر

چھے عظمت پأڑھی پیوند خرقہ پوشی
شہنشاہے مدینہ اکھ نظر کر

رسوٗلن منز رسولِ محترم چھکھ
رسولے نازنینا اکھ نظر کر

پروٗن پرٕو لوٕ لوٗن تے رنگ گلابن
حسینہ مہہ جبینہ اکھ نظر کر

سٕنتھ چُھم چانہِ ہجرُک دود جگرس
شفیع المذنبینہ اکھ نظر کر

عفو حضرت بشر چھُسنا وشفی لد

ژِ چھُکھ دانا و بینا اکھ نظر کر

بجر ، معشوقِ رب العالمیٖن

تھزر ، عرشِ برینہ اکھ نظر کر

ژٕے چھے فرقان رویس آیہ گیسو

مےٚ یِی دُنیا و دینا اکھ نظر کر

ہبنے آٲمتی چھِ أسی گٹہ زٕلی شبس منز

پرہزل ماہے مُبینہ اکھ نظر کر

حیاتک أنہ چھُکھ پرو سأری کرتم

رٕچھُم حرفِ یقیناً اکھ نظر کر

بہاہں چھُس چشمہ وتھرأوتھ وتن کُن

دیاں چھُس از تہِ ییہِ نا اکھ نظر کر

علی شیدا چھُ آمُت یژھ تہٕ پژھ ہبتھ

برس تل . دل حزینہ ، اکھ نظر کر



ہجن سطرن ؤلِتھ ٲج کتھ ونٕز چھم
گٔنڈِتھ پُڑِ لونچِہ تھاأمٕژ ستھ پئنٕز چھم
مسیحا چُھس نہ مرہم کرہ بہ زخمن
بہ چُھس شاعر مےٚ زخمن زیو أنٕز چھم



# غزل

تر اگر ہے دراو وۄہارُک وٕزنو
نیب یۄدوے آو شہجارُک وٕزنو

سانہِ بستی زالہِ گُس وۄنی جُکنہِ ژاٗنگی
سیٖکلہِ کۄر سودا تہِ سبزارُک وٕزنو

سیٖنہٕ ذٕدی ٕمتی ، دل رٕنیمتی، چشمہ تر
چھا اصوٗلا لولہٕ باپارُک وٕزنو

نے بدس کاکد، نہ قلمے ، نے حرف
سُے غزل پرٕ ہا بہ لوکچارُک وٕزنو

شامہٕ سٕری کٕمی لیوٗکھ آنکارن سوال
معنہٕ حرفن تھندِ اِنکارُک وٕزنو

یُس وسے افتابٕ شہرُک تاپہٕ نیوو
یس و تَس پریڈاں پزر دارُک وٕزنو

سوختہ دِل ہتھ رأوی متی چھو پتھ وَنس
پوٗختہ گومُت نوقطہٕ کُنہٕ کارُک وٕزنو

نوقطہٕ روٗس حرفن بران شیٛدا چُھ لول
معنہٕ کأنژھا میانہٕ مٕتی شارُک وٕزنو



# غزل

سنبٕکلِکی دۄ دسہٕ چھِ رچھٕ ہوکھ تامتھ اِدٕ دِن گُنہِ سہلا بس دام
وولہٕ یتھ شِہلِس لیکھتھ تھاوو تاپہٕ زٕ ژن ہُند پریۆن ابہام

اِدٕ گٔے شرٲوٕنی ربتہِ تِم روٗدکی آنہٕ بُر اِستادٕ ژِوِس
اِدٕ وۄتھ یِر ورِ وار شہُل ہبتھ وبتھِ ہنزٕ کھونہِ مژٕ دۄ دمُت گام

ژٕ تہِ ما آیکھ خبرِ بہمارس تمی تہِ کھیُوٕے ما دوہےٕ راتھ
ژیٚتہِ چھےٚ تھچمٕژ راتھ اُچھن مژٕ تس دۄد شانٛدس تل آرام

تتنہٕ زانٛہہ کنہٕ نے گوٚونہ مےٚ پُرگیُش یارٕ بلن ہنزٕ سوٚ ژٕ گنگراے
تتنہ گٔے غأبٕ ہلچِہ پدبن مژٕ وۄل زن ہکوٕے پرٕ بتھ اکھ شام

لولچ ژادر ؤچھ درویشن یارِ کُلِس تل ترووُن ڈاف
پننیٔ سودا مٔلی ہیوٚت دیارن ، یارن منز گوٚو ؤلی بدنام

اۄبرٕ لونگا ہیتھ گُھرِ کھا بامس عامس گوٚو شہجارُک برٚ وٕنت
تاپہٕ بُرگ تھوٚ ژھاین تلہٕ نےٕ زُلفن پنہٕ دِکھ گرایی تام

سورمہٕ أچھن چھل ہرنہٕ چھِ پھیراں ورنہ مرن بنجاٗری وتن
قرنہٕ فرنٛگ الہٰامی زووبن منز سیتہٕ سوپنٛز وُچھ جوٚ گی سٕہ رام

اسہٕ تہٕ تُلے ماواو پکھن پیٹھ اسہٕ تہٕ روٗچھے أشی ٹارٹک زوٗل
ژٕ تہٕ گُری زے مولوٗم سٕہ شیٚدا ؤدی ؤدی مادوٗد صبحس تام



# غزل

لیکھِم مےٚ کرٕلی بأتھ مگر تاپہ ٹیکوٕ ستی
وۄشلأوی رٕکھن ژأنگی اتھن مأنز فیکوٕ ستی

وُلی اَسی وُتھی کالہٕ پتھٕے فالہٕ کِتابن
تُلی خاب توے ننِدرِ سُلی گاشہِ فیکوٕ ستی

پھِرِ نأوی مےٚ یم لولہٕ اِتری شولہِ شہر گام
وُپھِ نأوی پکھن پتھ تہٕ دِتم نکھ تہِ پھیکوٕ ستی

اِدِ ژاس بہ تتھ دردِ جزرس تہٕ کوٚرُم سأل
یم پأز مےٚ تُلی اوٚنگجہ گنڈِتھ تُلی نہٕ بیکوٕ ستی

سُے اوس ہچھِو طوطہٕ کھناں دِگنہٕ کنہٕن نیب
اِدٕ اوس پشان معنہٕ سے لایہ چِیکھو ستی

ٹھسہٕ رایہٕ وساں اۆش تہٕ یہ پازیبہٕ روٗنٕن شرٛوٕن
ہمسایہٕ دلُک دود وُتھان ننٛدرِ ہیکھو ستی

تس تھوو رٕنتھ تاوِ تٔلتھ ماز مےٚ شیدآ
تس پھیوٚر نہ وُنہٕ مٲل وُچھِتھ جِگرٕ تِکھو ستی



# غزل

پانس لأجم پانے ہیر
پشہٕ پٹھی لأیم کشہِ شمشیر

چِھنہ دِتھ کوتر اسہِ دفنأوی
ژھوپہ گیٔ دم پھٹیٔ پیٹھ منڈیر

ژبتہِ ہبرٕ تھا أچھی گاش کٕنتھ
کلِی ژٕری شہرچ مٔلی تھاپیر

کتھ أس وژھہرٕ چأنی أدی
تہٕتھ ما گرژھِ ہے حرفن ڈھیر

ہلکچہِ پدٕبن تل پوشپری سأوی
شہلِس رتہٕ چھپہِ دیُت وُشنیر

مس وأہروُتھ شانن تام
نبتھ نئ خابن گوٚو سٕتریر

وُزملہِ لأجم چھوکہٕ مِلہِ مأنز
اوٚبرٕ لوٚنکِس گوٚو أشی أدریر

زانہِ خدا کیا شیدآ لیوٚکھ
نہ چھِ سیٚز زبرٕے نہ چھِ ہۄج زیر



# غزل

تُلہ تراو وچھس تل چُھ شہن چانہٕ پڑھے بوز
ییٚلہ راوِ گژھم سوٗری یاوُن میژ تہٕ لژھے بوز

وۄندمس مےٚ اُچھن گاش دِلکی خاش تٕلتھ تھاوی
چیٚون خوٗنہٕ جگر پیالہٕ تہٕ کھیٚون ماز مژھے بوز

ہا پوشہٕ متے جوشہٕ دۄدُس گوم بدن سوٗری
وولہ روشہ متے اوٚش بہ دِمےٚ تازٕ کژھے بوز

از روز شُباہ کیاہ چھِ پتا آسہٕ پگاہ کال
از روز بہ چُھس پانہ پوژھےٚ میٚانہٕ پڑھے بوز

ئےٚ چُھس تہٕ مےٚ چھِم ساسہٕ بٕدی افتاب اُچھن لأری
مےٚ چُھم تہٕ سریہُل خاب دزہم زِتنہٕ رژھےٚ بوز

تھزٕ ہیرِ اُچھر والہٕ ڈُوَے ڈیڈِ وندے لال
اُشی فیری بران مالہٕ شیدآ یژھِ تہٕ پڑھے بوز

# غزل

ستہٕ توسہٕ کوٚتُم پنِدرٕ کھوٚتُم نندرِ پٮ۪نٕے اوم
وتہٕ چانہٕ أچھن تنبرِ کرٕلی ٹأری اوٚبُری بوم

چھم ژِو تہِ ویٚدی چینچہ کنن ہکی تہِ سأدر وار
کرٕلی تہِ اکان توتہِ گنڈان سوٚتھی تہٕ یہ کیا گوم

کنڈی تارِ گزل وق چُھ وٕلتھ بختہٕ سناں شام
رنٛدی یارٕ بلچ خالی تتی پیالہ زہر چیوم

پوٚت نظرِ پھران برنہٕ مژر شامہ گرشان درٛیٹھی
موٚت دراو برِتھ چشمہٕ کرٕلی وانہٕ شبٔے زوم

ننہٕ وور مہ پکھ کوچہِ گٔلس پیٹھ چھےٚ رٕنجی ہٲر
سنٛدار ہنا گرٛشمہ ہتٕی صلوات دۆدٕسی صوم

گریٚنز رۆسی چھِ ضرب خانہ کران ہکچہِ وگنِز جوٗری
ہوٗ نیرِ وُپھل شُنیہِ گرِھتھ تام نبٛگل اوم

گلہِ راوِ شلے کھِل نہ گربم قبرِ ڈلس پیوٗر
نِلہٕ ناگہٕ کھسبم سریہ زدل خاصہ وٕلتھ شوم

ٲج زنتہٕ دٕتری لونچہِ اٲتھر وُلی چھِ اشکبار
گج زنتہٕ بیرٛھے پرٛھ تہٕ وومیزن چھ کاٗتی نوم

گئیٚ شامہٕ نیران بزانہِ یہ شیٛدا تہٕ دِوان زاٗلی
ہا یارٕ مےٚ کیاہ اوس مےٚ کیاہ روو مےٚ کیاہ سوم

ژٕ ے ناچھے بابہِ میانے اصلہ کُے خوے

ژٕ ے اوسےٕ أنہ ڈل کوٚر تھس زرد روے

گٕمژ ژھٕیٹہِ یأر چانِن ناگہ پوکھرِن

کولن آرن سرن جھیلن ہبز بوے

کُمبل أستھ وٕوتھ کونگہِ ڈوٗرِنے بھنگ

أنتھ پانے وٕوتھ ، پانس أنجی سوے

ژٕ اوسُکھ زأنہِ متہِ ہندِ زوٗل زالان

ژٕ چُھکھ از مرغزارن منز چھوان موے

ژٕتھ تمی جامہِ جیھکی کمی ژٕ ے نیہِ نے

ژٕ اوسُکھ کیاہ، ژٕ کیاہ چھکھ از ژٕ ے کیاہ گوے

منزلی وُشنیر موٚٹھیا ماجہِ کوچھِ ہُند

ژٕ بیوٚٹھکھ دورِ ژٕنی ہتھ ژوٗرِ لوتہ وے

ژھوکیومُت زن دُہلی گاشش چُھ پربزلُن

یہان چُھس دارِ ترو پرتھِ تے برس تروے

بے گوناہن یہ کیُتھ سزا نأزِل
بوزِ کُس کر کمِس تہٕ کیا نأزِل

سُے ہسا سۆے سُلی کھڑوو دارس
غم گرٛھان از تہِ کس سنا نأزِل

رات مۆنگمٕے نہ کینٛہہ نہ چشمہ تجُم
رات گۆو پھیرِ گۆو دُعا نأزِل

میأنٛز لوٕ پھپری نیہِ ژٕہتھ ژھایو
چون تاپُل جدا جدا نأزِل

وۆتھ نہ از تاں تہِ لا مکاں ترأوِتھ
گۆو تہٕ سُے لا تہ اِلااللہ نأزِل

شام تاں گۆو نہ نظرِ کانہہ جوٗگی
رأژ منز ووٕنی گرٛھیا دوا نأزِل

پرٛبتکۍ جبشہِ کأے تھۆنگی پرأٹتھ
پاتھلِس سپدِ اپسرا نأزِل

چانٛدِ موٗٹھ گۍ الأنز ٹاربن کُن
بانٛدِ اوٗش گۆو تِتھے شباہ نأزِل

خوٗنہ مِلہِ لیوٗکھ ژأنگی گاشس تل
پھۆل غزل گۍ حرف سیاہ نأزِل

اچھرِ سٕری گۆو قلم پٕنُن شیٖدا
نوقطہٕ کینٛہہ نک تہٕ لا اِلا نأزِل

# غزل

وۄتھ پیرٕ کرٕلی شام شیچ ژھاپنٛھ دِٕگری واو
لۄگ آرٕ بٹھن برُزٕ ونگ تنبٕرِ آمہٕ تاو

دِتھےٕ نہ اچھر تتھی تہٕ دعا گۄوےٚ وُٹھن رأسی
تُجتھےٕ نہ مےٚ کُن چشمہ مےٚ ماتوتہِ کرٕے گژاو

لیۄکھ تھےٕ نہ زانٛہہ تعویزٕ بیمارس زِ بلبم دود
ہیرٕ ھ تھے نہ خبر بوٗز فقط " آو اکیا آو"

کیا پے زِ کھسیا سِرِیہٕ پگاہ گاش پھولیاہ تہِ
از شام غنیمت چُھ تلا یارٕ قدم تھاو

حأرأنۍ مسافرٕ سیٚکلی دۄ دسہٕ اۄبرۍ لۄنٹ
بنجأرۍ قبیلُک سُہ سیاہ أنہٕ پٹمن زاو

سُے گُن تہٕ فیکُوں چُھ پھربکل پأز مُسلسل
تیزأبِ سمندر ژٕ ژٕٹتھ تراو سیٚکلی چھاو

لجہِ شامہٕ پتے أچھ زٕ درے کامہٕ دِوٕنۍ رٕپ
اجہِ رأژنۍ سنگ کأف گرُس مُرژٕ کرُس ناو

تٕتھٕ آیہِ نہ یِم چۄنہِ حرف زۄنہِ بدس أدۍ
ژٕتہِ دزا کھ ژٕٹتھ وچھ تہٕ أچھن اۄش تہٕ غزل زاو

از یکھ تہٕ شیدا برگہٕ سبز شولہِ شہُل فریوو
پتہٕ آسہِ زردی پن تہٕ ہردۍ زحتہٕ رُمل واو

# غزل

زٕزٕری ڈبکس بہ ٹیٖکی جرس کرٕلی اشکی چھُنا صلا
ودأسی میٛانہ دارِ تل سوألی دأدی لد ہوا

یہ تاپہ ژٕنڈ تہٕ اوٕبرٕ ٕلش یہ واوٕ گرٕنز تہٕ گاشہٕ لےٕ
یہ بےٕ چھُسامٕے أچھ وژھےٕ یہ ژٕے چھُکھاہ سُہ موٚت خدا

گرٕڈھکھ ژٕ کوٚت مُسافِرا گہلی وَنن ٹوٚپل سرف
سیٖکلی ژوٚپاسہِ سرحدن تبزأبِ توٚت سمندرا

رٕیلیمتِس کلبنڈرس وٕتھر چھِ وٕسی پیٛوان شِشٹھِتھ
موٚچھنِ اندر چھِ گربنز حرف أچھن چھُ اوٚش ڈلان سیاہ

مٕے چھُھم تہٕ زن وُجارگی رُمس رُمس گمٕژ سٕئتھ
ژٕے مأنزِ گُلی مِزاز چھُےٚ مٕے آو بس غمےٕ برا

ہُمن گوٗلاٮ۪ٕ گاہ لرٚبن قلاٗے بند تہٕ خامُشی

یمن وُجارٕ بسی تین گرٚزان چھ از تہ لا اِلا

بہ چھس نہ ژیٚری تارکن وٕچھاں تہٕ مالہٕ پھوٚتی براں

مےٚ چھُم تہٕ از تہِ لوٚنچہٕ منٛز چھُلِتھ چھُکِتھ کُنےٚ طما

دُہُل چھُ تریشہ نٛڈ چوٚان پھشٛل فُرات دام دِتھ

شبےٚ چھُ غمہ ژاٗنگی ریہہ اٗچھن لکھان مےٚ کربلا

ژےٚ نےٚ سہ جوٗگی بُرٕ پش شِناٮ۪ٕ سِر یہِ سمکھنے

ژٕ برٕی زِ توتہِ جولہِ منٛز لژھےٚ تہٕ کرٕی زِ اکھ دُعا

اِوچھی گوسانٮ۪ بل رٕٹِتھ رٕتجی نظر تہ اوم پن

گرس اندر تہِ ژٹھ مُشک برس تلےٚ مہ بہہ بہا

گُنبر تہِ ژھایہ روٗس نےٚ سنگ گنبر یہِ تالوٗس شرٛ پیتھ

الاو ژھمبرٕ اٗنکہ وٗن یہ گُس دِوان برس صدا



# غزل

کنہہ نے پرٛژکھ تہٕ تو تہِ سوالِ خدا دِمے
اچھرن دِ ہِشر یُتھ زِ بدل کانٛہہ دُعا دِمے

دوٚ ہمس زِ وٕچھکی چھوکھ چھِ رُمل دادِ متیٖمتیٕ
دوٚ ہنم یہ کرٕلی رٕنگی تہٕ وُشن اوٚش دوا دِمے

ڈلہِ یام وُپھل پآز مےٚ نظرو تہٕ پھُٹم برٛہم
واتے بہ برس تل تہٕ لوتی اکھ صدا دمے

پوٚت شامہ یمے زوٗنہِ وٕلتھِ خونہ اچھر ژأنگی
وأناکھ وٕنِچ حبشہِ سیاہ اپسرا دِمے

زانکھ ژٕ اگر پڑیون سُہ سودا چُھ غنیمت
مانکھ ژٕ اگر مئی بہ ہمتھ لا اِلا دِمے

وۄشلیٚر کأفل عرفہٕ شۆچ نیم خامُشی
شۆلنیٚ یہ سرل صبحِ غزل زادِ راہ دِمے

سیمابہٕ سرٕکی پوش گنڈِتھ لونچہٕ ژھنڈے نیب
سزہٕ بیرٕ پیرٕ وارِ بہ وُنی جا بجا دمے

کرہکھ تہٕ اگر گلی زٕ مُرتھ مائزِ چڑتھ فرٕیوو
ترٕہکھ مےٚ نِش تہٕ شولہٕ وُن سیرٕل گُناہ دِمے

یتھ کنیٚ مےٚ شیدا لولہٕ جِگر ورقہٕ گوٚو
تِتھ کنیٚ بہ لکھے روز غزل تہہ بہ تہہ دِمے

# غزل

دَرکھا شرأوِنۍ شرانٛبن تل ہٮ۪تھ سۄزٕ بامن
پرکھا ٹارٕبن لأرِتھ اڈٕ پرٮ۪ٛنۍ سرنامن

نیرا أشۍ ہٮ۪تھ فرٕ أیِ شہارس کریا زوٗل
ٲپھیرا ورزُن واو پکھن پٮ۪ٹھ ہٮ۪تھ گامن

رٹٕہ یا مالنۍ گاژ وتھ تےٗ ژٹٕہ یا نال
ژھٹٕہ یا باکھ وتن پٮ۪ٹھ چِڑیا اوٗش دامن

پریا سورٕ سِپارو پھِری پھِری دِمہ یا شاف
مریا چانے براندہ برس تل أزی شامن

گرٕ یا دارٕبن باوٕلی نظرو پنجرٕ تہٕ زأِلی
کرٕ یا آنٛگنۍ نژنَس منہِ کامن

چھکہ یا زُلفن گُربلہٕ سیٚکلُبٕ وُہوُن آب
لبکھ یا رتہٕ سٔری دۄدسہ فُراتُک چھٔتی جامن
پنہ نِس شہرس دراس بہ پرأٹھ تل پاتال
تراوا زأرِلتھ تمۍ ہِشدی بُرزلی پش گامن
ژٕ تہٕ از چاوتھ گرٕنز رۄس خابن ہُند تیزاب
بُتہٕ پھربکھ نووس الفن میمن تے لامن
پھریا ساسن رأژن راتُک شب بیدار
دِمہٕ یا خاصن ترٕ پچہٕ گٔری گٔری منز عامن
دِمہٕ یا شیدا شانہٕ شِشٹھِمتۍ قٔتلہٕ تہٕ چکھ
دمہٕ یا ژٕکھ دِتھ لولہٕ خطن تۓ مُتۍ نامن



یێتہِ چھا صبحٕ پرٕیہِ أچھن منز شاف زُوان

یێتہِ چھا شامن تارکھ میأنی پأٹھی مران

از تہِ چھُ تپہ ریوٗش گُن تہٕ فیکوٚن نغمہ سرا

از تہِ چھُ گاہے نظرن آدمی برأنتی گرٛشان

نبرٕ چھُ بدلے لوٕ ہوٚت موسم ٹاربن لور

ٲندرٕ چھُ وزملہِ پاردی یاوُن واوٕ طُفان

اسہِ تہِ چھُ رتہٕ سری تاج محل ییتھ زلربن ٲلی

اسہِ تہِ چھُ پیہربن زٕدی لد تالو اوٗش پشپان

سانے برٕ ٲج چھگھ ژٕلی پشہ پێٹھی جاناوار

سانےٕ آنگنٕ یُس پوٚک سُے اوس ریژل خان

ہندرِ أچھن منز سور ملی خابن وُچھتم فال

سِندرِ شہارس دأن تھربن پیٹھ تاپھ چھتان

میانے گاہکی مخملی ہاوس دم پھٹی موٗدی

چانے اِسبٕنڈی شہرکی شیدا بأتھ گبوان.

# غزل

ژُھک ہِمرا شبُگ ہمدم منجوے
مےٚ کر حاتم طیو ماتم منجوے

وُچھس دِتھم ضرب نظرو پیا پے
اَچھن کیُت لولہِ ہوٚت موسم منجوے

رُمل کھاسن برِتھ دِتھَم گُتُل مس
غمس چُھم یُس دوا سُے غم منجوے

اَچھن ہندی ناگ پوٚشنی آبہِ جوین
وُٹھن کیُت قطرِیے زم زم منجوے

ہرِتھ پیوٚ سےٚ مرِتھ دیہم زنم کیا
پرِتھ یا ہو گرِتھ سرخم منجوے

سوکھن میانئن دوکھن ہٕنز مأنز لأرِگتھ
چھوکن سورٕلۍ نظر مرہم منجوے

ووٚنم ما کأنسہِ روٗدس وأنسہِ پراران
شباہ اکھ شب، ژٕ ما آہم منجوے

دُعا اوسُم وُٹھن پیٹھ رأتی رالتس
صُبحہ پٮ۪تی ژےٚ ژٕتبس پیوہم ، منجوے

اچھر أولۍ حرف زأولۍ ژےٚ شیدا
غزل زُلفن ہوئے برہم منجوے

# غزل

کتھ چھِ ازلے کتھ تہٕ أتھ کتھِ معنہٕ لیکھ
ستھ چھےٚ اچھرن گئے توے رتہٕ بانہٕ لیکھ

مسہٕ ولن یاوٕنی گُہل پٕڑ لونچہٕ تل
رأسی کوتاہ گوٚو أچھو اشہٕ وانہٕ لیکھ

پریوٚن نبرل چٹہٕ خاصہ دوٚشنیرن ؤلِتھ
چیوٚن کِتُے تعویزٕ اکھ گوسانہٕ لیکھ

کانٛہہ اکھا چھا چانہٕ فضہُک رازدار
کانٛہہ اکھا ہے زانہٕ کُس کیا زانہٕ لیکھ

بلی تھوُتھ میانبن چھٹبن آوُر بدن
کینہہ نہ لیکھکھ تی تہٕ دلبرٕ میانہِ لیکھ

چانہِ برٕ تل تارکن لوٚ گمُت چھُ شاف
معنہِ کیاہ چانبن پرژھن وولہٕ سانہِ لیکھ

دودسہٕ صحراوُک اژھبن روتلو فُرات
نیزہ درِ دس روزِ پانوٕ پانہِ لیکھ

لیکھِ کیا شیدؔا چھُ کس لیکھُن تگان
لیکھ سا لُکھ ہے دپاں از مانہِ لیکھ



# غزل

یتھی گُلِس تل پٔر مےٚ لا معنی کتاب
یتھی ونس منز درزِ نے بوٗزم جناب

دۄ دسہٕ چیتھ اسہٕ پریومُت کرٕلی مزاز
گرٛیشمہ پھلی اَسی چشمہٕ صحراو کی گُلاب

تاپہٕ برٕگن جرٕی سیاہ واوِری اچھر
چھلی کرٕلی اشہٕ واَنہٕ کوٚر حرفن حساب

ٹارِ ژھوٚنڈ شراوٕنی ربتگ اڈٕ پریوٚن نزوٗل
چارِ چھا پُژٕ لونچہٕ گوٚنڈ پرژھیوٚن عذاب

دارِ بر دِتھ ژھاۓ پننی آسہٕ ناو
ژارِ گُس اجہِ راۓژ پیشنگ موت سراب

وتھ یہے چھا دردِ گامن گُن گژھان
ہردِ ما نظرن گژھم نچر تہِ خاب

از تہِ زن وشفن اُنجی وتھ ساۓنی کنز
از تہِ زن سمکھیٖ ہم رودُم نہ تاب

گام چھِم کاۓتیاہ دِمے چانین پژ بژن
تام شیدا پرار وُچھ کاۓفل شباب



# غزل

یبڑ کال اتھس وُچھ تھم کوّت درا کھ دُعا دِکھنا
ژٕبرٕ کرائلی تُلتھ زخمن ہے جوٗ گہِ دوا دِکھنا

یێلہ گامہٕ نبر نیرکھ تیٚلہ کرِ زِ رفاقتھ اکھ
پوّت نظرِ وچھان روزے سوے پاسہ خدا دِکھنا

وُچھہا تہٕ مُرتھ کتھٕ کنہٕ بیٚیہِ زندٕ گژھان عاشق
قدمن تہِ کرکھ شروبن شروبن بنگربن تہِ صدا دِکھنا

یتھ مرگہِ چھُ موسم زن پوّت ہرٕدٕیان ہے ہے
پُژ لونچہِ تہِ گنڈ مُژراو زُلفن تہِ ہوا دِکھنا

گنڈی تاں چھِ پنُن دامن ڈینشتھ میٚہ بچاوُن از
ژٚے براندہ برس پنہٕ نِس تل جایہ پناہ دِکھنا

یمہِ فرأدی تہِ زأجم لٔشی استانہٕ تہِ گنڈسےٕ ذٔشی
میٚہ مون زِ دامن دۄد بیٚیہِ کانٛہہ تہِ جزا دِکھنا

یتھ وُنلہِ وٕلتھ کم کم چھُرٕ پٔریہِ چھِ پردو رۄس
میٚتہِ دۄد سُہ سیکلی بدنس سُے وُنلہِ سزا دِکھنا

یٚیلہ کالی مرے آسکھ پربتھ کانٛسہِ پرژھان ہاوے
ہے بابہِ مےٚ شیدا سُند کانٛہہ پے تہٕ پناہ دِکھنا



# غزل

یتھ شہرس گوٚو زوٗل تہٕ موکلیو راتو رات
چھٹہٕ پوٗشری ڈٲی شمع وبگلیو راتو رات

گُلی تہرو وۄتھ ہرِ پنس ستی یاوٕن بوگ
انہری شو گُنڈ تی پُژہٕ لونچو راتو رات

تیٖرٕ دناں مُژ صُبحے طوطس ہأر ونان
شبہٕ لوٚگ لنجہٕ لنجہٕ نار تہٕ سُے ژھیٚو راتو رات

زوٗنہٕ قسم تھو تارکھ ونئے میوٗنئے حال
اوٗش میٚیے ہورم شبنم کتہٕ پیوو راتو رات

أسی تہِ چھ روتلی گاشس کُس لبہِ سون نشان
سرِ شامے اوٗش ہور تۂ سُے چیوو راتو رات

مہرٚینی پانٔک أنہ چھلِتھ ووٗتھ سحرن بأگی
اتھری یاوٕنی کأف تہِ ووشلیو راتو رات

میانے سینچ دگ وٗزھ ترأونی اڈٕ وٗزھ دأر
چانے زھوپہٕ ہند معنے پلزبو راتو رات

نبتھ تٔی شبنم تھرِ تل ژِو گنڈرأوی
گتۂ رینی گامس جشنہٕ تہِ سپدیو راتو رات

دوہلہ چھِ شیدا اچھرن آسان گاشری ژھاپنٚھ
اسہ لیوٚکھ انہ گٹہِ بأتھ تہ سُے گیوٚو راتو رات

# غزل

وگنہِ ونہٕ وان تہٕ رۄو کران آسے
زۄنہِ تارکھ ڈٔبکس جران آسے

دارِ تل تاپھ زنتہٕ ووشلیومُت
ہارِ چونٔے سبق پران آسے

از تہِ نے یارِ چشمہٕ تھۄد تُلہٕ ہم
وأنسہِ پیالن بہ اۄش بران آسے

پرٕی مے تراو ژپرٕی کۄت دراکھ
پرٕیہٕ ژھاین تلےٚ مران آسے

گُمہ تہِ آسے رُمس رُمس پریڈان
بُمہ تہِ سبزٕ پوش ہیو ہران آسے

چانہِ گاژ مے یوس تہِ سمکھیم
چون بوزان تہ آہ بران آسےٕ

کیاہ ونے چأنی دگ چھ کأژا میٹھ
کیاہ ونے ٕکتی غم ہران آسے

موکلہِ نے یارٕ بلہِ سو کأفلی تہیہ
چھوکلہ چانِہن کتھن پھران آسے

حرفہِ یاوُن تتھےٕ پھولا غزلن
بأتھ شیؔدا ٕسندی پران آسے

# غزل

رتہٕ سٕری گوٚو جامن ، کامہٕ دِوو
دۄد تتبرِ بو دامن ، کامہٕ دِوو

ژبتہِ یاوُن سوری مانیاہ کانٛہہ
مبتہِ پھولہِ نا بامن، کامہ دِوو

ییٚتہِ کُٹھِ پتہٕ کُٹھِ گوٚو ژھاین پھربٹھ
بۆ کُس ژاو شامن ، کامہ دِوو

ژیٚتہ بمہِ ہشرٕ سُمہِ تل لعل نپان
میٚتہ اوٗش پھیوٗر شامن ، کامہٕ دِوو

کمہِ دادِ چھلان نٹو یارِ بلو
کم جاۓ چھِ گامن ، کامہ دِوو

لیکھمتی
رتہٕ ہتھ خط سوزاۓ
کتہِ وتھ راو نامن، کامہٕ دِوو

اسہِ کیاہ کیاہ گدریو زانو اۓسی
کیاہ کیاہ وون عامن کامہٕ دِوو

اچھٕ داربن شیدا چۄنہ جران
رچھِ چانبن پامن ، کامہٕ دِوو



أچھن تل روو انہارے تہٕ افسوٗس
وُٹھن پیٹھ گوٚو نہ اِظہارے تہٕ افسوٗس

برس پیٹھ ژأنگی ژھوٚرأوِتھ ہوا ژوٗل
گرس منز روو بیمارے تہٕ افسوٗس

موچھن منز تاز کالم باکھ ژھٹہٕ وِنی
پرُن کانٛہہ پریون اخبارے تہٕ افسوٗس

ییتھبتھ لوٚ پھیری پیشاں اوس تاپُل
تتھبتھ کھوٚت پوٗنژتہٕ دیوارے تہٕ افسوٗس

ژٕٹتھ گئے برٛیمجہِ وِر رأیل تہٕ بوٗنہن
وٕٹتھ گئے بُرگہٕ شہجارے تہٕ افسوٗس

وُہاں عالم تتنگل افتاب ژاپان
دپان ڈز ژارِ برہسوارے تہٕ افسوٗس

یمن خابن نہ تعبیرے نہ معنے
تمے گئے پرأنی آثارے تہٕ افسوٗس

وستھ بون زاگہِ تل پاتال روٗدس
کھسِتھ چھس وُنہ تہِ بردارے تہٕ افسوٗس

ٹُھپس منز گوٚو مےٚ ووٚنی یبژکال روٗزِتھ
مُشتھ گوٚمُت مےٚ رفتارے تہٕ افسوٗس

پٔزن غم پانہٕ للہٕ ناواں چھُ شیدا
نہ کانٛہہ دلبر نہ کانٛہہ یارے تہٕ افسوٗس

لرِ دودریومُت شینہٕ شہر
مرِ پوٚٹھیوٚمُت شینہٕ شہر
ننہٕ نبہٕ ڈٕزٕمِژ تارکھ مال
شبہٕ ہانیومُت شینہٕ شہر
گٹہٕ پچھی ژِھمبرٕ بن معنے روو
ژھٹہٕ سمکھیومُت شینہٕ شہر
ہاہ دِتھ کمی نژٕنووُم تھوٚس
ما وبسریوومُت شینہٕ شہر
چھی کمہٕ سوٚنتکی پوٚنپری نالی
مےٚ چھُھ وٚوشلیو ومُت شینہٕ شہر
نہ چھُھ گُنہٕ تاپہٕ ٹیکبن پُرسان
نہ چھُھ تنبلیومُت شینہٕ شہر
شیٖدا ئلی وُپھناواں تاپھ
چھُنہ وُشنیومُت شینہٕ شہر

# غزل

ژٕ بیٚہہ دما تہٕ تھاو کن، ژٕ وُچھ بہ کم غزل پرے
ووزلی اَشکو کرٕلی اچھر گولأبٕ کاکدس جرے

ژٕ ے کیاہ زٕٹھل گوسأنٕ مس، ژٕ ے کیاہ نہ خاصہٕ دِتھ کلس
ژٕ کیازِ پیٚژ باثبرِتھ ژٕ ے کمی ووٗنُے بہ أزٕی مرے

ژٕ یکھ نہ از تہٕ عرفہٕ چُھم یہ شام ما وُٗتسی گرٕھم
یہ عید ینٕی ہشی کتھاہ چھِٹل رُمالہِ کیاہ کرے

سو شامہٕ پُتٕی جدأی وِز سُہ مہہ کرُن تہٕ ٹِکھ کڈٕنٕی
مےٚ برأنتٕی از تہٕ گرٕھان بہ ما گلے امی شرے

ژٕ رۄس مےٚ کیاہ تٕمِس موٗنگم ، ژٕ رۄس مےٚ کیاہ طمع کوٚرُم
بے معنہِ یِتھ زُوٗن مرُن مےٚ زندگی چھ محشرے

مےٚ چھکھ تہٕ ژٕے تہٕ برونٛٹھ کن ژٕ میون قبلہٕ کعبہٕ چھکھ
قسم مےٚ چھُم تسُند اگر خدا وُچھتھ تہِ بانبرے

ہٕرتھ پہٕ بہ ہرِد یوٚد پھولےٕ دُبارٕ سونتہٕ وُچھ
زٕرِتھ ہیکےٚ نہ دوٗربرے مگر بہ پرٕنتھ ستم زرے

گمژ وُجار گی دِلس چھ چانہ لولہ شیدا ہسن
تمِس نہ کانٛہہ اتاہ پتاہ تٕمِس چھُ نجدِ ون گرے



# غزل

باوِ بہ کس پنُن بنُن ہاوِ بہ کس میٚہ کیاہ بنیوو
گراو کرِتھ تہِ ہیچم نہ زانہہ میون ہیوٚ وۍ تہِ کس ونیوو

لانہِ لیکتھ میٚہ اوس یہوے، سوٗر موچھن برِتھ ملُن
چانہِ وچھکھ رُمالہِ جوش مائزِ گُلبن میٚہ کر سنیوو

اونگجہِ ٹھنڈ بن سُہ خوٗن وۄتھ نامہِ لیکھان لیکھان تِمس
چشمہ تھچم وُچھاں وُچھاں جامہِ وداں وداں رٔنیوو

وأنسہ مژر روٗچھم میٚہ چون ہلم میٚہ دور کأنسہ ما
نجدِ ونن تہِ سجدِ دژاۓ آب کوہن گھلِتھ انیوو

تازٕ اشکو تہٕ پیالہ بریٲے ساز سروٗد تہٕ کم کرٲیے
وازٕ شیرازٕ کی انِی لوو جگر تہٕ میٚہ رنیوو

وعدٕ گرِتھ سبٕٹھاہ مگر یاد اکھا تہٕ روٗدیاہ
ناد دِواں تھچِس چون نہ پے پتاہ ننیوو

داوٕ لٔجِس بہ تاوٕنس سوٗر کوٚرتھ میٚہ یاوٕنس
زول جِگر میٚہ نحقٕہ پٔتِن لول تٔمِس نہ زانٛہہ گنیوو

جود کوٚر مُت میٚہ لولٕہ غمن دود جگرس سٕہ چُھمنہٕ ہمن
علی شیٛدا بہ ہاوٕ کمن سینہ چھوکو ستی تنیوو



# غزل

زونہٕ گاشس خوٗنہ سٔری گٔے چھُہ کتاب
دردٕ چیو پأنژادرو ووتھ أشی عذاب

کژایہ ہٕتی تارکھ أچھر والن الأندی
سایہ سےٕ تل روٗٹ مےٗ سیٔکلیک آفتاب

دگ وُپھل نیران تہٕ پھیران مژ رگن
سگ چھوکن دِتھ گوٚو میٚہ باوٕلی اضطراب

نیوٗل نبتھٕ نوٚن نب أچھن پیٹھ چھُس رٔٹتھ
تاپہ دوٗدمُت زن تہٕ صحراوُک گولاب

ژھایہِ بے پژھ زایہِ ییہِ ھم ژھایہ رؤسؔ
خرقہِ پوٗشی منز تہِ یکتا سُے نواب

سریہِ شاملی شفقچہِ مۆل سنگرن ابوس
زوٗنہِ لیۆکھ گٹہِ پچھی سوالن ہُند جواب

ئلی ہیۆتُم آدن ژِوبن یاوٗنی ززُر
ئلی اُچھر لاَنِس تھوِم لیکتھ جناب

سسبند وچھس اشہِ وانہِ گاٹہٕ شیدا ہسؔ
گربند گرِتھ راواں مئتِس زخمن حساب



# غزل

دردِ کتھن معنۂ اما لیکھِ کُس
کینہہ اَچھن تل چھم نۂ جمع، لیکھِ کُس

دم چُھ سینس ووش چھ وُپھناوِتھ ژلان
غم چُھ غمن ژھایہِ غما، لیکھِ کُس

روز اَشی ٹاربن گرتھ زولانۂ مُتۍ
بوز ترٛوپرِتھ سوز سما، لیکھِ کُس

ییتھ نہ کانہہ حرفٕے نہ کانہہ اچھرے بدس
ییتھ ہوس چھپہٕ لگی سُہ طما، لیکھِ کُس

طرفہِ طرفے سرفہِ ٹوپہِ نیٚارن شہُل
حرفہِ حرفے زُلفہِ خماُ لیکھِ گُس

پوٚنپرِس گوٚو سوٚر کالے گتھ گرتھ
رأتی راتس دوٗد یہ شمع، لیکھِ گُس

بارِ چُھم اٹہ بارِ تھوٚکمُت نیم شب
دارِ تل دِمہ ہا بہ تما ، لیکھِ گُس

موٗد زن انہِ گوٚٹ أچھن تل میانہِ نےٚ
روٗد زن سانی سُہ دما، لیکھِ گُس

نم تہِ ژم گالتھ یہ کیاہ شیٚدا لکھان
تس سِوا ہُما تہِ شُما لیکھِ گُس

# غزل

لالو ڈاٗلی ہیتھ لوٗلچ آسےٚ ، آلو میاٗنی بوز
خاصن منٛز چھُکھ خاص الخاصے، آلو میاٗنی بوز

غم ہیتھ چوٗنےٗ دم دِتھ دراسے، در دل وزِ وُن سوز
کم کم عاشق گٔو عشقہِ. ٹاسے، آلو میاٗنی بوز

راجہ ریٚنہِ ماجے کاجہِ گرِزاسے،رو چھنس کھونہِ شب روز
لولہِ للہِ ناواں پھوپھِ تے ماسے، آلو میاٗنی بوز

مونہِ میٹھی گری ہیم لچھِ تے ساسے اوُسس دل افروز
رونہِ دار دامان شرونہِ اطلاسے، آلو میاٗنی بوز

یام پیوس فکرِ ژام عشقہ وسواسے ، اوٗسس نو آموز
کرٕ کیاہ تھرٕ تھرٕ ئجم ہر پاسے، آلو میٖانی بوز

مُشکہ چانہِ پھوٗجسےٚ لولہٕ تلواسےٚ سُلہ سونتہٕ گُل افروز
ڈُبکہ نوٚمرووُم چانے داسے، آلو میٖانی بوز

زیرِ چانہ آیم تیرِ الماسے، ہنہِ ہنہِ أندری بوز
مُلی مُلی درایس سوٗر تے ساسے، آلو میٖانی بوز

لٔیہ چانہِ یاوٕنن کھیوٚنم تراسے ونہ کتھِ کیاہ دلدوز
جُسنس کوٚرتھم کُس ڈُبہ ڈاسے، آلو میٖانی بوز

شیدؔا چانے برتل آسے روزے تتھی شب و روز
اشہِ وانہِ لیوٚکھے لولہ درخاسے ، آلو میٖانی بوز

# غزل

سرِ شامہٕ مائنزِ ٹیکی گے رتہٕ بانہٕ اَدری کأتیاہ
سر تازٕ لولہٕ حرفن دٕدی معنہٕ اَدری کأتیاہ

امرٕتھ سِرٕہلی شھٹیاٖمتی توٗت خوٗنِ جگر زألتھ
لیکھمِتی ستم ژٕرے اَسِتھ مٕیی لانہٕ اَدری کأتیاہ

گوسانہٕ گوشہٕ رٕٹی رٕٹی لشہٕ نارٕ بدن مو زال
اشہٕ وانہٕ جامہٕ رٕنگی مِتی چھی سانہٕ اَدری کأتیاہ

قد کیاہ چُھ قدآوارس مدہ مأسی آبشارس
سونہٕ ہٕری نشأئی کاکُل پدٕ مانہٕ اَدری کأتیاہ

یس چانہٕ لولہٕ نارے دٔود سپنہٕ وارٕ وارے
چھوکہٕ داٗوی وَچھ مزارے سُے زانہٕ أدری کاٗتیاہ

ڈدی ون میٚہ سیٚکلی شہرن ییٚہٕ سوٚنتھ زن تہٕ سحرن
یِکھ ہے گولاب پھولہٕ ہن ساٗلانہٕ أدری کاٗتیاہ

سنہٕ وُن وچھُکھ تھزر چُھس روتلی وِشفی مژر چُھس
تتی جامہٕ تنہٕ چھِ لاٗرتھ مٔلی کانہٕ أدری کاٗتیاہ

گُمہ ئری گولاٗبِ انہار سُمہٕ تار آرنے پار
شیٚدا شراٗبِ روخسار مرجانہٕ أدری کاٗتیاہ



# غزل

ڈٕپچ اکھ ٕرکھ تہِ بدلأوِتھ گوٗکھ ما
متیوٕ کانٛہہ نیٛاے أنزرأوِتھ گوٗکھ ما

چھوکن زُلتھم نموٕستیٚ موکھ ووزلی گٔے
پھوکو زانٛہہ دگ تہِ شہلأوِتھ گوٗکھ ما

مےٚ چھِم تیٚمی گرِیٚشمہٕ کالن چُشمہ گرِمتیٚ
شِہُل مستٕک تہِ کرنأوِتھ گوٗکھ ما

بہٕ پرارن مأنزِ مہریٚنٛز ٕکھنزِ رایے
ٕژ آہم ما تہٕ پأرأیتھ گوٗکھ ما

ژےٚ مُشرِتھ وعدٕ تمِ یم اُسی کٔری متی
بہٕ اُنجمژ زالہ موکلاوِتھ گوٗوکھ ما

ژٕ ژۄلہم ژوٗرِ پھوٚلہم کہنزٕ وارے
یہ دٔدی وَن میون مُشکاوِتھ گوٗوکھ ما

ژےٚ دِتھم غم میٚہ للہٕ ناوِم وچھس منز
مےٚ دیُتمے لول ورتاوِتھ گوٗوکھ ما

علی شیٚدا اُچھو وہراتھ ہاٲرِتھ
دِلکی سُنٛز داغ نہناوِتھ گوٗوکھ ما



# غزل

گُل رویہٕ گولاب خویہٕ خوشبوے مۄلِتھ آکھا
اَفتابہٕ زٕژو جامے جانانہ ۄلِتھ آکھا

اے تازٕ غمکِی جوشے تھوو تھس نہ حالہٕ ہوشے
کۆر خوٗنہِ جگر نوشے بۆیہ شامہٕ ڈٔلِتھ آکھا

چھنہٕ لانہِ لیکھتھ شادے کیاہ ہمہ بہ غمن لادے
اے میانہِ دِلکی دادے گُنہ وانہٕ بٔلِتھ آکھا

مجنوٗن بۄنِتھ نیرُن مۄتی نجدٕ ونن پھیرُن
تۄتی سجدٕ وتن دی دی ہا پانہ گٔلِتھ آکھا

پرٕ بتھ مرگہٕ دٕہل چونٔے ، پرٕ بتھ برٕگہٕ شُہل چونٔے
ریحانہ سنٔبل چونٔے، پرٕ بتھ وارِ پھٔلِتھ آکھا

سالتس نہ مےٚ رؤس لوٚ گیو، دور بر نہ زرُن تو گیو
ولہٕ نالہٕ رٔٹتھ لگہ یو، غمہ میانہٕ ژٔلِتھ آکھا

بێیہ یاد پیووے جانان، بێیہ باکھ ژٔٹتھ استان
بێیہ سورمہ اُچھن شیدآ ، اشہٕ وانہٕ چھٔلِتھ آکھا



# غزل

لا تہٕ کأفل تہٕ یاف ، شعوٗر تہٕ بہٕ
خاب سورٕمِلی ودأسی تہٕ نوٗر تہٕ بہٕ

پنجرٕ ژھاین مشائلی پشمی وَردن
رأتی راتس وُہان سو حوٗر تہٕ بہٕ

زاو ژھمبر بن نۓ سنگ شرپیأو زٕژن
واو، آدم، حوا، قوٚصوٗر تہٕ بہٕ

دام ، موٚت شام، دردٕ گام ، پرٕنم
راتھ ، پھربکہٕ وُن شمع تہٕ سوٗر تہٕ بہٕ

سطرٕ ، کاکز، اُتھر تہٕ پوش دٕترِی
وتھرٕ زٕدی لد ہلم اوٗ دوٗر تہٕ بہٕ

آش تاپلِی بدن شِنأبِ شہر
راش گاشری وُنل کوہ طوٗر تہٕ بہ

دوٗ دسہٕ پریڈان شٕفقی فُرأتی وچھس
آب چشمن سیکلی ووٗفوٗر تہٕ بہ

برأنتی شیدٓا مرٕشلی اِچھری زایو
وأتِی یِم یأتی دوٗر دوٗر تہٕ بہٕ



# غزل

پٔڈی پٔڈی پارُد ژاو گٔنِتھ ییتھ مُتؔی شہرس
ؤدی ؤدی واوُر آو بٔنِتھ ییتھ مُتؔی شہرس

نابدی نٔڈ ہیتھ ژۄل کرتامتھ بالہٕ اپور
خابن ہُند اہریزہ سٔنِتھ ییتھ مُتؔی شہرس

نیٚوٗل گوسأنیا ، بوٗلی ونٕن ہنز ، زوٗل سیاہ
نبتھٕ نوٚن موٚت گوٚو جوٗلی دٕنِتھ ییتھ مُتؔی شہرس

ان یمی پوٚر تمی تن دِژ دارس من ابسیوو
سن دِتھ گٔنز شُمبچھ دراو ؤنِتھ ییتھ مُتؔی شہرس

پوشہٕ بُرگ گے نارٕ ہِکتری وۄشلیاو ملنگ
لوٕہ گے پرٕبو ئنڈی سأری چھُنِتھ یِیتھ مُتی شہرس

یتھٕ پیۆو صُبحٕ نبضہٕ مسیٖحا اچھرو سان
گۆو رتہٕ ئری اخبار کنِتھ یِیتھ مُتی شہرس

از تہِ چھُ شیٖدا مسولہِ پراران سالہٕ تیٖم
کم نعمژٕ گے ضایہ رئنِتھ یِیتھ مُتی شہرس



# غزل

لولہٕ شہرچ دلیل ما بوٗزِتھ
درد گاژِج سبیل ما بوٗزِتھ

کھژ نہ دارس وُژھےٕ چھِ چشمن دأر
مُژ نظر گۓ ذلیل ما بوٗزِتھ

رِندٕ أسِتھ گنڈِتھ نہ رِندانے
زندگی گۓ علیل ما بوٗزِتھ

نم تہٕ ژم گاٹلی غم بُرِم ہلمس
گوس کر خود کفیل ما بوٗزِتھ

مرنہٕ سر رأوی زوٗن چھکھ اُلجمٕژ
یم نہٕ تم خوش شکیل ما بوٗزٕ تھ

ہارِ کرشیاں وَچھاں وتن چانٮ۪ن
دارِ پرِیڈان چھےٚ نیل ما بوٗزٕ تھ

ہایہِ گاٮ۪متی اچھر رِکتابن مژ
زایہِ حرفن تہِ میل ما بوٗزٕ تھ

راتھ ترہران غزل مران پانے
زول چشمن تہِ تیل ما بوٗزُ تھ



# غزل

نار لۆگ تیُتھ شہر چُھ گام ژلان
ژٕ ےٚ نہٕ بےٚ یوت ہسا نہ ، عام ژلان

مٲتۍ چھ بو نبن تہٕ پوسٹر کرۍ کرۍ
چٲتھۍ چھِ کوتر وُڈان تہٕ بام ژلان

پھوجہِ نہ مالے سحر نہ ، بانگی نے
وُنہِ نہٕ سنگر سیاہ تہٕ شام ژلان

اوش اچھر مالہِ پیٚٹھۍ کھسان دارس
دٲشۍ چھ ألفس گنڈان تہٕ لام ژلان

نوقطہِ کمی تروو پوٗختہِ نارس منز
سوٗختہِ توٗندرس ہوا چُھ خام ژلان

یا چُھ سُے نا تمام کُن فیکوٗن
یاِ تماےِ تمام ، تمام ژلان

بُرگہِ وُریاں نےٚ سِنگ ملنگ راتُک
پرٚیہِ وُڈرن کراں سلام ، ژلان

سوٚتھی چھ راوِکی اہلو کرٛزلی شہرس
مُتیٚ چھِ چشمن بران تہٕ جام ژلان

تیٚزٕ چُھ شیداؔ اُمِس مہ ہاوِو زوٗل
ریوٗش چھ ژارُک وُچھل مقام ژلان

# غزل

پٲدۍ پڑاگُش ؤدۍ ؤدۍ معنہِ بنٛیاو
شوٗذۍ نظرن سوٗرملۍ خواب سنٛیاو

تھدٕۍ تیغہ وچھس مہرازٕ وٹسۍ
وٲیدۍ مہریٚنٛز سرٕدۍ پیوٗر ننٛیاو

ژھٕٹیہِ پہرِ دفن کوٚر ؤجۍ وٲرس
تیٚمۍ راتھ موچھن مشٕز تاپھ انٛیاو

ٲتۍ پنجرٕ تہٕ کھتۍ متۍ دارِ زلر
ٲتھۍ برنہِ ہنٛگس اسہِ ناو کھنٛیاو

اسہِ چیوو نہ دپیاو سقراط ییٖن
اسہِ کھیوونہٕ جگر کمہِ شوقہٕ رنٛیاو

رس پریڈان مس چینہٕ حبس راوان
تس مسولہٕ گُمہ سری جامہٕ تنٛیاو

کھِلہ ؤتھرن شِلہٕ ئری زاْے رِتجی
گِلہ نیوٚل تہٕ کاْفل آنہ گنٛیاو

شرٚپہٕ شیدا اشہ پھیٚری مائزِ نمن
کہہ دامن درگاہ ورگہٕ دِنٛیاو



# غزل

بہ ژُھس مجنوٗن مےٚ دِل بے تاب اٚسِن
اٚچھن تل لااِلہِ ہندی مُتۍ خاب اٚسِن

دوہس اٚسِن وُٹھن پیٹھ نغمہٕ چاأنی
شبس وزٕوٗن غمُک مضراب اٚسِن

وَچھس منٛز نار للہٕ وُن یارٕ دادے
اٚچھن اشہٕ وانہٕ گۍ سیلاب اٚسِن

دوہے لوٚسن مےٚ دوہ ژٕرے پراٚری پراٚری
دوہے ژٕرۍ ہیوٗ شبِ ماہتاب اٚسِن

دوہے أسِن ونان تارکھ مےٚ چونُے
دوہے میٚز نِش مران افتاب أسِن

ہُرِتھ أشہِ قطرٕ چھُس دامن سجأوِتھ
برِتھ ہلمس گوہر نایاب أسِن

بنی کتہِ شیداہس ہیوٚو لولہٕ عاشق
مےٚ دیتمٕ زٕو پٔژن وسلاب، أسِن



# غزل

ہٕرِتھ اچھرو گٕرِتھ افسانہ لیکھُن
جٕرِتھ کاکنز أتھرِ دامانہ لیکھُن

کٔجن سٔطرن ، ۂجن زیرن ، زبر چأرِ
تمی دۄپنم امی انمانہ لیکھُن

مےٚ أسِم ژھایہِ رۄسی ہیوٚ برأنتھی راوان
ژےٚ دۄپتھم کینٛہہ نہ کینٛہہ عنوانہٕ لیکھُن

بہٕ کیاہ مجنوٗنہ موٚت ہبتھ اوم ٹوٗکا
ژھٕربن کھاسمن بٕرِتھ پیمانہٕ لیکھُن

مےٚ زألم ژأنگی ٹاربن پیٹھ کوٚرم زوٗل
ژےٚ دوٗ پتھم أشی پھیربن دُردانہ لیکھُن

سیاہ داوَن وٗلتھ تعویزٕ تاپری
نَیا وزٕ وٕنی پنجری استانہ لیکھُن

ژھٕپل، وُزمَل ، پھربکل واوٗ رتہٕ میٚ کیُت
چھوکل پاتُھل ترٹل اسمانہ لیکھُن

کرٕلی چشمن بران شیدا ووٕزجی میٖل
ژےٚ کبت چُھس نوٚو غزل جانانہ لیکھُن



زار گنُبد زوٗنہِ آسمانس چھاپ
نار لوٗگ ۂمہ کاروانس چھاپ
گٔلی تہٕ زٔری خوٗنہٕ سری پھیٚشل موکل
کفنہ پوٗراں چھُ چھاپ خانس چھاپ
زأنی وانکن تہٕ خأنی چھا معنے
بأنی پنجرے سُہ آستانس چھاپ
از مہ تراوُس چھوکن ہٕتری پراگٔش
از مہ تمہید داستانس چھاپ
نبرٕ تاپلی پُزأری گامس کریکھ
اندرٕ پأرٕدی سرائے پانس چھاپ
دردٕ بوٗنین چھےٚ ہردِ تمہ وردن
گردِ سٔنی مأنز ہتھ زمانس چھاپ
چانہٕ سانکلہِ رُمالہ خاب گنجأے
آب شیٚدا شراب خانس چھاپ

# غزل

اکھ اکھ أنہٕ چُھ آمُت سانے صحنہ پُھٹِتھ
ژٕے ما دراکھ وأریو مالِنٕ گھنہٕ وٕٹِتھ

ییتھٕ ما سانے گامہ چھِ ہارس شِہلِکۍ راد
یٚیٚر گُس تامتھ موچھِ منٛز تاپکۍ ٹیٚکۍ چُھ رٕٹِتھ

نٕجدٕ چُھ سیٚکلِمن دۄ دسہٕ اچھن أشی پھیرِی جران
مُشدِ چھِ ژھیۆمتی ژأنگی تہٕ شب گۆو باکھ ژٕٹِتھ

تنہٕ ما وبگلوٕ نابدی دۄژھِ منٛز لولہٕ حرٕف
کپسہِ وچھکھ ینہٕ تھووتھ ژٚے بونبوٗر کھٕٹِتھ

شامرٕ مسہٕ ولی یاوٕنی تہہ کڑھ شاندس تام
بانبرٕ ژھٹہ کھڑ پھیٖنہٕ تہٕ گٹہٕ گمہ آیہٕ پھٹِتھ

آنگنٕ آنگنٕ گٹہ زٕلی ژادر ژھوٗپہٕ وہرأو
مأله موتاه ییٚہٕ جوٗلہٕ برٕتھ نیہٕ راتھ وٕٹِتھ

پرٕژ لونچن منٛز اوٗش تہٕ دشمن استانہ وومید
ژھمبرٕ وچھس تل پیٚیہٕ اہنٛز این شُپ چھُ ڈٕٹِتھ

خابن ہندی احرام گنڈِتھ چھُم کعبک سوز
زم زم خوشبو شبنمی ٹورن جامہ ژٕٹِتھ

لانہٕ تہٕ شیٚدا خاب گنے اوس سُتہ نہنوو
معنہ تہٕ حرفن صفرٕکی پأٹھی آو گٹِتھ

# غزل

وِنی ہے اوسُم پیٚتھی کوٚت گوٚولو کچارِ ے غاٚب
یتہِ ماچھس بیٚ میٚتہِ ما گوٚو انہار ے غاٚب

گامہ شہُل دوٚد سرین لتہٕ مونجہِ تاپھ گرٛ ھان
پتھ وَن رأیل یأر گرٛشھل دِوِدار ے غاٚب

زوٗل نہٕ ہوٚتہِ یِیتہِ پشہ پشہ تنبٕگلن واوری واو
بوٗلی رتس اَتھ سرِ شہُل شہجأر ے غاٚب

حلقہ چھُ کھوٚتمت اہرِ بلس گوٚو آدمی کھاو
تنبرِ ہٕنس تل ژار گمُت بربسوأر ے غاب

آدمی سرفو تن ٹوٚپہ نأوس موىٚہِ ہی مال
نأگی رایو جوٗگر وتن ریٚنٛبہِ آرِۓ غأب

وٚبتھ گۓ نبتھ نئ پوشِ ازُل نیوٗ ہلکأری ہوٗئ
شِلہِ سٔری تارکھ درگہہ ترُون تارِۓ غأب

کُمراہ، طوطا، بُلبُل، کُتجا پرأنۍ کتھا
ویکھا، زیٹھا، شراوُن ، ماگھا، ہارِۓ غأب

نِلہِ ناچِ مُش نیلہِ پٔری گۓ شبہ نیلام
تیہ ریٚشی ژٔلمتی سِر ساوِکی دربارِۓ غأب

للہِ ہُند واکھا، شیٚخہ شرؤکا کُس دیہِ خأرات
میٖر تہٕ مہجوٗرنی ہی شیدٰا شارِۓ غاب

# غزل

دأدِس کانٛہہ بیداد گرِو
دل چھُم شِہل آباد کرِٕو

تس چھُم سجدُک سرێہہ سیٖکلِس
سیٖکہ بُزی ینہٕ توٚہی پاد گرِو

ژھاین نم کرِ شامری روش
قد کتھ نختے آد گرِو

رتھِ کھٔسہِ رتہٕ ئری کاکدی فن
کتھِ کتھِ ہُند کاد گرِو

اتہِ کتھ پِٹھیو رادا دِتھ
وعدٕے پننٕے یاد گٕرِو

حرفن مےٚ گوٚو معنے رأسے
توہۍ ینہٕ وادس واد گٕرِو

سُمہِ ییٚلہ آسم ژٕرِش ڈوٚلی
ینہ کانہہ اکھ پوٚت ناد گٕرِو

ژھوٚر کاکد ہتھ آمُت چھُس
اچھرن ہُند امداد گٕرِو

دشہِ دارے تل شوٚنگ شیدا
تاپہ ٹیکیو فریاد گٕرِو

# غزل

سۆنتہٕ مۄژی ژیٚژی چھُے ہلم دارن گولاب
لولہٕ تھرِ پیٹھ وَچھ مۄژری پراران گولاب

نظرِ ماے گۆوے تاپلیو تاپلی وتن
ییٚتہٕ چھِ پھُلمتی بونہِ شہجارن گولاب

وُنہِ تہٕ یاوُن کنڈی تھرہن پیٹھ ڈاف دِتھ
شبنمکی أشی پھیری زن ہارن گولاب

ییٚلہِ تہٕ دیُت تیٚلہِ لول دیُت لوٗلس بدل
ہوٚمی گُنا تیمی زانٛہہ ہیوٚ تا دیارن گولاب

پانہ مشکاواں پنُن آسُن چُھ فن
یارِ وُچھتا کانٛسہِ پتہ لارن گولاب

ضایہ ئے کر ہاوسن ہندی دۆ دسہٕ وُٹھ
ژھایہِ ئے تھو کالہٕ شہمارن گولاب

سۆنچہ وۆ ترِس شام تاں روزاں چُھ کانٛف
ییٚلہ نہ زانٛہہ صُبحِ چُھ اُچھ مارن گولاب

یم کنڈٕ بو چھو کھ دِتھ کۆرُم رتہٕ سرِ بدن
چھِم تمے پھلی پھلی یوان شارن گولاب



(قافیہ چُھ مرٲزی لہجہ وتاونہٕ آمُت)

# غزل

شہرٕ کِس شہرس چھ ٲنجٕ مژ لار ہِشی
آفتابن تُجی تنبٕرۍ اتھ وارٕ ہِشی

آنگنٕچ وتھ آوٕر آمژ رانٹہٕ سو
چوکہٕ شمشاں بل تہٕ کوٹھر غار ہِشی

غاز مٕلی مٕلی توتہِ زردیارٕ ے بُتھن
تازٕ چشمن تاں نظر بیزار ہِشی

پرانہ وارا ہیوٗ وُٹھن پیٹھ زن اسُن
کٲتجہِ تارن پیٹھ وُپھل اٲشی دار ہِشی

لارِ ہا چھِم دامنس لٲرِتھ تنہٕ گل
ژارِ چھا ٲژی ءمژ ترٛشہِ بربسوار ہشی

جامنہِ ءتر دِتھ پیواں نیرُن کپٲری
شامنہِ ییٚلہ دگ گرژھان اِظہار ہشی

تھوو نہ کتھ حرفس بدل معنے لیکھتھ
داو کتھ اچھرس نہ گٔھژ وردار ہشی

چھاو قلمس آو شیٚدا لیوٚکھ غزل
روزِ وِز ءِنی رأتی راتس تار ہشی



# غزل

کتھ کتھ گژھِ از ڈاسا دراکھ خاصا دِتھ
میٖتہ چھا مرنُے میٖتہٕ أزی دراکھ واسا دِتھ

لچھ بدٕ سریہ مےٚ زُلفن تھومے شہلِس شانٛد
ژٕ تہٕ گژھ جوٚرِگس موچھِ منز تارکھ ساسا دِتھ

دردٕ ببٹھالس پہرِ چھُ کوٚرمُت جُگنوٕ زوٗل
دشہِ دارے تل عیسیٰ ڈیکبہٕ عاصا دِتھ

وُنہ تہٕ چھُ جندٕ گوٚرسرٕ نہٕ تہٕ پن ہیتھ ٹبہٕ دِوان
أدٕ ملنگ گوٚو ژلہٕ وِنٕ آبس ٹاسا دِتھ

ییٚتہِ نے کس کس دارِ برو مژی سمکھان واو
ییٚتہِ نے گُس گُس بیچھاو برہنگ داسا دِتھ

شامے شامے جامہ چھِ اُدراں وبتر وکوٚت
خامے خامے نیراں وُچھ تلواسا دِتھ

سورئلی چشمو پۄری زِتہٕ گری زِبس لولہٕ نظر
چانے استاں شیٚدا گوٚو درخاصا دِتھ



# غزل

لۆگ تاپہٕ حرفن زُلفہٕ ہوا غزلہِ ہِشر روو
گۆو سورمہٕ سیاہ اچھرٕ پدٕن معنہ مژر روو

ۆژھ ژھائے زبرون تہٕ دِژن ہکچہٕ ڈلس گرائے
لگی نژھنہِ بُٹھِس جامہ ژُٹھ سرٕو سبزر روو

تس فرأئی ہلم پرنہِ کٔڈِتھ سریہٕ کنان زوٗل
یہ چُھ تنبٕرِ بٕنس نظرِ تچھان رأژ سحر روو

مےٚ دِازتہِ وِشنی کوچھ ژٕرے لگنی پأری زٕأشی پھیر
پُژٕ لونچہِ وٕٹھن سار مےٚ گۆو وشفہٕ کجر روو

ہُہ چُھ شامہ بران ژأنگی أچھن مںٛزتہٕ پران راتھ
یہ نہ صبحٕ ووتھان ہِندرِ دیاں دوہلہِ دِگر روو

دِکھ ژٕکھ تہٕ کھسںم کوٗنڈِ رُمل بانہٕ نٹمن بھاو
ہِنکھ رٕکھ تہٕ مُتِس جوٗلہِ سیاہ ہِشرنہِ اثر روو

مےٚ نہ ازتہِ یِوان پژھ زِسہ کیا ییہِ نہ پگاہ تام
لُکھ کیازِ دپان وعدٕ وفا ، پوٚز تہٕ پزر روو

شب سأری سریہلی خواب گیہلی یادِ وۄتری ووٗنی
أشی ٹأری ہتھےٕ دراو شیٚدا چھےٚ نہ خبر روو



# غزل

باکھ ژھٹہٕ کھے کن کِتھےٕ پامن ژٕ دِکھ
خاکھ ملہٕ کھے چاک مےٚ جامن ژٕ دِکھ

سوکھ ہے راوی أشہِ پھیرہو چھِم لیکھمتہٕ
ژکھ کوَے میانٕن تمن نامن ژٕ دِکھ

کاژٕ زوُنے خاصہ وولتھے ببرِ پن
واسہٕ کیاہ خاصن ژٕ دِکھ ، عامن ژٕ دِکھ

وُنہ چھِ تن أڑٕوشنہٕ باوٕلی تاپِلس
گٔنڈی تھرٕبن صبحے یِنے بامن ژٕ دِکھ

زاگہِ روٗزِتھ چھُے گزل وق یارِ ئلئ
سحرِ ینہٕ واوِری ہوا جامن ژٕ دِکھ

پوٗختہٕ کارن نوقطہٕ باوِتھ سوختہ گئے
موٗختہٕ پھلی موچھِ منٛز ینے خامن ژٕ دِکھ

کار کوٚر سورملی اچھو شہرس چھُ زوٗل
نار ینہ مائنزے اتھو گامن ژٕ دِکھ

چانہِ زُلفُک واش الفس روبروٗ
معنہ کیاہ میمن ژٕ دِکھ لامن ژٕ دِکھ

عیز ہنز کنٛی شیٛچھ چھِ پھیران یارِ ئلئ
عرفہِ مرٛدی کس درشُنا شامن ژٕ دِکھ

# غزل

آیہِ اکھ پر ہا بہ یۆ دوے چانہٕ برأنز
مارِ متہِ مرہا بہ یۆ دوے چانہٕ برأنز

ہولہ ما گلہِ ہے مےٚ ہن ہن یاوٕنچ
لولہٕ زر زرہا بہ یۆ دوے چانہٕ برأنز

عیٚز ہُند وردَن مےٚ پوشے عیٚز تام
عرفہ اکھ درٕ ہا بہ یۆ دوے چانہٕ برأنز

ہلی اچھر تھوہے بہ گیسوہن گنڈتھ
گلی حرف سرٕ ہا بہ یۆ دوے چانہٕ برأنز

اچھرِ شُچِ وِر داوِ ہا ینِدرازِ ساز
بُنگرِ دُچِ گرِ ہا بہ یوٚ دوے چانہِ برأنژ

اتھ دِلس کرِ ہے نہ کانٛہہ باولی طواف
ییتھ شِلس پھرِ ہا بہ یوٚ دوے چانہِ برأنژ

مارکن ییٚہِ ہے یہِ تارکھ نب وٕستھ
ٹارِ اوٚش جرہا بہ یوٚ دوے چانہِ برأنژ

لچھ غزل لیکھتھ تہِ شیدا یی ونان
اکھ اچھُر گرِ ہا بہ یوٚ دوے چانہِ برأنژ



# غزل

رۄ چھ معنہٕ أچھن أشی پھیر بن دامن تہٕ زدل دور
سوٗزرو تتھ نگل جوشہٕ وَن لوٗزروو وچھس بور

ییتہٕ ٹأرِ زُوبن سرانہ وأ لِکھ کفنہٕ سو وِتھ خاب
ییتہٕ پرانہ وارن بوٗلی لگی کوٗت ژٕ گرِ شھکھ اور

میٖژ پہرِ مےٚ گوٗ وُلی سہٕ وُشن تاپہٕ ٹیوٗ گےٚ غأب
میٖژ زول دِما کھال مکانس ژٕ ستم پور

مےٚ چُھ دِگنہٕ ژٹان چھوکلہ اچھو جولہٕ پچن تروٗ پھ
ژےٚ چھِ گامہٕ پوان جوٗ گی برس تل تہٕ مہ دِکھ تور

یا سوٚر روخن تہہ تہٕ شہن شامہ وُشن پھربکھ
نتہٕ راٲوی أچھن خاب وُٹھن تنبرِ پھُرس شور

شہماٲری زُلف مارِ گزل وقتہٕ پھربکل پاٲز
انہری پربژن معنہ دِمے گام دیکھ ہور

وشنوو دِگری تاپہ شِنکی آبہ وچھس نیب
نہنوو شفقی شامہ تہٕ گوٚو زانہِ خدا کوٚر

نتہٕ ٲلی چھِ شیدا غزلہٕ گرٛشھان حرفہٕ دِوٚے راٲسی
یا یکھ تہٕ وُچھکھ یارِ مے گُس خاب أچھن لور



# غزل

ترٛہن تہٕ ترٛوٕہن اندر سوال پٮ۪ٚن
پہرِ أندی أندی زواں زوال پٮ۪ٚن

صحنہ ساوری تہٕ گردِ لونچن زوٲل
أنہٕ کوچھ منز رچھان جمال پٮ۪ٚن

گۆو نہ کیا کیاہ وٕڈسی پھٕرِس سیٚکلیو
نیلہٕ ناگے دٕوری خیال پٮ۪ٚن

برأنتی باولی نظر أچھن سکرُن
باوٕ کتھٕ کنٕ تہٕ کیا یہ حال پٮ۪ٚن

وُنہ چھُ دامن رچھان تنبٕری تالین
وُنہِ تہٕ موچھِ مٔنز یِوان چھُ نال پٔنُن

مےٚ رچھو مےٚ کزلی اُچھن عرفے
ژٔیی گزورُتھ کتیو شوال پٔنُن

وُنہ چھُ حرفن مٔنزٕ ترٛٚر شیدا
وُنہِ چھِ دگ ژانگہِ رتھ ژٕ زال پٔنُن



# غزل

ٹارٕ بن پیٹھ ٹیۆٹھ ہاوِسی سرٕ ہہ گۆب بار جمع
اکھ اکھ ژِو چُھم چونُے سأدروار جمع

بُتہِ عکساوِ ے تاپہ ٹیکٕبن پیٹھ شبنمی میل
ژٕ تہِ کر پرانٕبن خابن ہندی اخبار جمع

چشمہٕ مُژر وُچھ شرٕنٛ موسم دأرِتھ لوٗنٹ
بریچہٕ کُجبن تل صبحے گٔے بیمار جمع

ہٕری یہِ ژٕے سوٗنہری زُلفن بیٚیہِ از نابدی برأنتھی
پری یہِ ونس مژٕ گری تھ ژٕے جاناوار جمع

مستۍ لوٗجۍ ءمژراو تۍ پھر ییتھ اہرہ بلس
ءمژی میٚتہِ تھأوۍ ٹاربن پیٹھ أشی دار جمع

میٚتہِ چھندرأوِتھ یقرارن ہندی أوِلی پوش
گرژھ ژبتۍ گرژھنۍ طمعھن ہندی انبار جمع

مالنۍ وتہِ ینہٕ ژیتہِ مشرأوبتھ رَوزَو سوٗر
تتہ ما تارن پیٹھ گۓ جاناوار جمع

عرفکہِ شاہِچ خوشبو أژی مے لوٗنچہِ گنڈتھ
چشمن منز چھِم دوہ وادکی اِفطار جمع

سُتہِ نے ییٚہِ گُس شیرِبم بأتن وأنکلی مس
شید کتھ کرِ ژأ نگبن تل ییم شار جمع

# غزل

ژٕتہِ مل چشمن خاب بدل تعبیر بدل
مبتہِ رۆچھ پھٕٹمت أنہ بدل، تصویر بدل

عدلہ پێنچن پیٹھ یُتھ تہِ چھُ گاہے پھیرِ گرٕھان
چون سزا پۄز میون مگر تقصیر بدل

نبرِ چھُ نبتھ نۍ تار کھ جیٚھک ہیوٚ مضراب
أندرِ چھ وزوٗن ساز تہٕ سازس زیر بدل

مٔشدِ برس پیٹھ کاجہِ زوالک پہرہ لگتھ
سجدِ سینومُت جوٚگۍ ڈیکس تکبیر بدل

سونہری پرٕہنگہٕ کُے پڑھِ کوتُر چھُم منہٕ کُے یار
کتھ نہ پڑاوس پٹھ سمکھُم دسگیر بدل

نِلہ نبہٕ تالو زوتن صفرِن گوٚن تفصیر
سوٚ درٕ ژٕ کِس تل ٹھہراوُن تشہیر بدل

ڈٕبکہٕ ورقس چھَم مِل چھکبرٲ وِتھ نِلہٕ ناگے
تیمی باٗزری کمی مُلی ہیوٚ تمُت تقدیر بدل

ییتھ بستی منز شیداٰ ءسنز اُس نجدٕ سرأے
میژِ پہرا ما انّد گامس تمی شہر بدل



# غزل

تاپہٕ ٹیکین وِچھاں وِچھاں بأڑی گرتھ کرٕلی شِنأے
خابہٕ ہلم شبے رچھأے سحرٕ ژٔلم ہوأے ہوأے

لوٗنٹ زول تہٕ بانہٕ رٕمل جوگہِ مےٚ جولہِ پرنہٕ پونٕ
میأنی ہشا تہِ کأنسہِ گرا چانہِ شہارٕچی گدأے

بال پرٕژم تہٕ آب پھرٕم نجدہ وتن تہٕ سجدٕ رأے
ژأنگہٕ أچھن مےٚ خوٗن زول گوٚ ونہ وفاتہِ حق ادأے

تنبرِ موچھن چھِ بوسہ دِنٕ تیزٕ ترٕ وچھس ژہن
ریزہ پھلسوٕ جگر ژھنان کرتھ زرٕنی تسنز جُدأے

نٕپرِی نٔیَن دِژاۓ مےٚ وٕنی گٕپرِی بچھو گٔریوم شہن
پھٕپرِی اشکی ژٕہاں ژٕہاں ژٕپرِی شبس گٔنڈٕم مُدآۓ

چأنی سرے تہٕ آسہِ ہے مأنزِ وُشن وُتارٕ ہٹھ
میانہ شہارٕ کس نہ اوس ژاۓ نگی ہٹھن تہٕ الوٕ دآۓ

تاپہٕ زٕژن زرٕدی سوسُر یارِ گہُل پُژان چھُ واو
ہارِ ولاں برُزی کفن چھُ موّت تہٕ گُس جتگی صدآۓ

کتجہِ قُمرِی تہٕ ناگہٕ وُزِنی بونہِ شہُل تہٕ بیرِ پوش
وگنہِ شیدا تہٕ نچہِ بنبوٗری گامہٕ ییٚمے تیٚلی ژجاۓ



ژھٕتی گامہ شۆنگتھ پوشہِ تھر بن پیٹھ ژُھ چھوکل تاپھ
مٕتی سرِیہ پھیران کوچہ گلبن لوٗچہِ تھپل تاپھ
پۆت مرگہِ پہلی کوٗر کران شُرنہِ اوپ ژوپ
یۆت شہرپشس پیٹھ چھِ دِواں ہندتہٕ سوژل تاپھ
یێتہِ حرفہٕ دِوے لۆگ نہ کمن اچھر وورُس اٚدی
میٚے روٗد شۆنگتھ بیوٗٹھ کھۆوری پارِ ازل تاپھ
سُلہ کری زِ کرٕلی نظرِ زژو ژاٚنگی مناوتھ
اِدِ شامہ نکھے وُچھ زِ ژلاں کتھ ژُھ وُپھل تاپھ
سوٗزُس مےٚ بٕرِتھ لونچہِ ببری پن تہٕ زوٗنہٕ گاش
روزِس بہ دوہے زاگہِ یێم باگہِ زٕژل تاپھ
تمہِ سونتہٕ کپسی جامہٕ وٕلتھ پرِیہ وژھایاٚے
یێمہ ہردِ أچھن ٹلی تہٕ سناں گٔنزلہٕ گٔرژھل تاپھ
ہٕبتھ آو أچھن منز یہ شیٚدا لولہٕ أچھر ڈاٚلی
پرٕنتھ شارِ ملِتھ معنہِ مُشکبار غزل تاپھ

# غزل

چُھم دۆدسہٕ أچھن لور دِمس اۆش تہٕ چێم نا
تلہٕ ناوٕ جگر تاوِ دِپس کھێہ تہٕ کھێم نا

ووٚنی ونتہٕ کوٚرُس زنتہٕ طبین تہٕ لا یلاج
ووٚنی ونتہٕ اگر بوزِ خبر أڈ تہٕ ہێم نا

وٚبگلیو وچھکھ ہوٚندرٕ شہن رأو سو تُلہٕ تراو
ننبگلاٚوی شبکھ ژأنگی لبین گاش پێم نا

مێے لوٚگ نہ پنُن ناد وژُن تپشہِ شہن لور
مێے توٚگ نہ وُنن یار ییٚم کیازِ ییٚم نا

یُس اکھ تہٕ مے ییٚمہٕ سوٚنتہٕ ڈٕلتھ سمکھ گریٚشمہ کالی
نِہہ دار ژھپل تاپہ تٕرُی باش گییم نا

ییلہِ نیرِ شیدا تراوِ سوٕنز وارِ اژِتھ ڈاف
اشہٕ وانہِ چھلتھ بأتھ تسنزٕ یار گییٚم نا

اۄش نِکھا اۄ درُے لگی دامن بکار

سورمہ أچھ چھلنس کرٕلی گامن بکار

حال سُے یُس اوس مجنوٗنس سیکلی

نال دۄد لیس کتھ چھُ تس دامن بکار

زِتنہٕ تھو ٹاربن پیٹھے، واوری ہلم

چونہٕ ماپین مہرنین جامن بکار

پوشہٕ برٕگو دٕسی کرتھ قتلیچ سبیل

سوننہ توشک نا لگی بامن بکار

دام دِتھ روٗدس وچھس پننِس ژھُم

شامہٕ سرٕی پیرہن اندر پامن بکار

الفہٕ قد ہوٗتھ تہٕ سروو کاڈ کۄڈ

زُلف ترٲوتھ تم لگِم لامن بکار

زٲلی تھا اکہِ اکہِ ژٔے تم یم خط لچھاے

سوٗر سُے شیٖدا أچھو سامن بکار

خاصہٕ دِتھ مےٚ کر ژٕ مۄژی سرفن شہُل

واسہٕ دِتھ گوٚو عیز دوہ عرفن شہُل

تنبٕرِ ژٕ پھِسراے انہری یارٕ ئلی

غم ہیوان مٲلی رأژ کم ظرفن شہُل

روٗرٕ مےٚ کر اورٕ ہے چھی لولہٕ مُتی

ہورٕ تھو ، مےٚ یورٕ تھو طرفن شہُل

لونچہٕ مےٚ گنڈ تاپھ سوٚنچ چھُرژ پرٕی

کٲنسہ مے گرژھِ وأنسہِ یخ برفن شہُل

واتھ لگہِ ہے کس نہ کس أنس رُمل

پأڈی مس چونےٚ شرط شرفن شہُل

نظمہِ چھُے عنوان شیٚدا یارٕ دود

غزلہِ چھُم تمی سُند کرٕلی حرفن شہُل



# غزل

مۆت جوٗگیا ژۆل جولہِ بۆرتھ افتابہ شہر
سٔدرٕ ژٕکس تل وُشنووُن شپنابہ شہر

أسی تہِ چھِ وتھکی رازٕ تہِ پرِژھتو کھنڈراتن
اسہِ تہِ بسوومُت اوس أچھن منز خابہ شہر

دلہٕ دُبرائیک دۆدسہٕ مسأفر دٔجلہ فُرات
أشی پھۄیری ژومرُو سیٖکلہِ وچھس تل آبہ شہر

یارٕ یکھا ژھۄیہِ پہرِ مےٚ پنجرہ تہٕ دارِ ییٚلے
یارٕ یکھا مس مَولہِ جرے کمخوابہ شہر

بانٛبرٕ سونتن چھانٛبرٕ کرٕ متی پھانٛبرٕ پوش
یاون گُمربن گام دِمے دسلابہٕ شہر

موچھِ منٛز چوٚرُتھ داأن تھربن ہُند وَچھٕ وُشنیر
کوچھِ منٛز روٗ ژھرُم دچھٕ پونٛپرٕ تیزابہ شہر

دردِ قلاین أندٕ أندٕ چھاےٛ پِتھ گئی اخبار
اِدِ ما زانٛہہ ووتلیوو تہِ تمہِ گردابہٕ شہر

ٹٹھ وبن گامُک اچھرِ ہلم ہبتھ شیٛدا آو
شرِنہ پھلبن گوٚو میوٗٹھ موٚدُر دٕ یابہٕ شہر



# غزل

مبتہِ دِژ خابن أتھرِ وٕلِتھ چھل ژٕ تہِ ون کینٛہہ
مبتہِ ژٕ ہی أشی پھیٚری دۄ دسہٕ أچھن تل ژٕ تہِ ون کینٛہہ

شامرٕ ژھاین ژٕکھ دِتھ اسہِ کوٚر پہرٕبن زوٗل
فرأی شہارس ووتھرو ململ ژٕ تہِ ون کینٛہہ

أچھ ژاربن پٔٹھ رتہٕ ریہہ وُہ وٕنی وأنج میأنی
رۄچھ ٹاربن پٔٹھ ووشہٕ گۄے نِلہٕ پل ژٕ تہِ ون کینٛہہ

موٚت چُھکھ چھوٚت چھوٚت اوبرٕ بدن چُھے توٚت لگہ ہے
نارٕ لونبکھ رٕٹی وچھٕ کانٛمن تل ژٕتہٕ ون کینٛہہ

پھلہِ پھلہِ سونبرِتھ اۆش تہِ جریووے مہرٚینٛز نال
گلہِ گلہِ چاۆِتھ ٹٹھ وٕن پۆت کل ژٕ تہِ ون کینٛہہ

وُنہ تہِ مےٚ آسن اِسبند پھٲلۍ وُدِ لٲرۍ اتھن
منہِ منٛز منقل موچھِہ منٛز وُزمل ژٕ تہِ ون کینٛہہ

آٔنگنۍ شیٖرم خاب پدٕن ہٕندۍ سورمہ تُجو
مٲنزِ اتھو چھس پراران مسوٗل ژٕ تہِ ون کینٛہہ

قلمس یۆت تام شیداؔ روزی اۆش پریٚڈان
حرفس حرفس دیُت باوژبل ژٕ تہِ ون کینٛہہ



# غزل

یێتہٕ روو تٕنٛگی سوٗر تہٕ ہۆتہ تٕنٛبرِ شفقٕچ زٲے
تیزٲبِ تچھنہٕ اندرٕ تہٕ شؠناٮ اَچھن پرٲے

کمہ حرفہٕ لیکھِم، سجدٕ دِتم نیزٕ پیتٔن ڈٲلی
امہٕ چانہ کلے چێر مے گلے گرٕشمہٕ سیکلو کرٲے

لٔگی شاٹھ تہٕ ڈٕدی کاٹھ اَچھن پھراٹہٕ زردژٲنگی
اَچھ ناٹہ تِمن گاٹہٕ تہٕ مالُٔن تہٕ ووشا سرٲے

ورتوو پشُل پوٹ کُٹھُن گردِ لونبکھ سأوی
چھۄژ روو سنبٕلی مس تہٕ کوڈُس کش تہٕ رگراہ ڈھاٲے

ژٕ تہٕ ییہ زِ دِ مے دوٚژھ تہٕ أشچ ،ووش تہٕ ہلم پوٚر
مبہتہٕ بٕری زِ زدل لونچہٕ کرٕل ییٚتھ نہ کرکھ وأے

افتابہ زٕژن مأنزٕ نیٚن سونتہٕ منزٕلی بأتھ
مہتابہٕ وُپھل رأژ گُمن رُمہ ریشُن آے

مُتی ساعت ژھپل ہکچہٕ وُپھل خاب تہٕ لوٚ پھیرِ
تم وعدٕ وُفا گے نہ یمن توتہٕ گنان مأے

پجراوِ ازل لوٚنٹ شیداؔ فال وچھبس کوٚت
سمکھن نہ گرٕلی چشمہٕ تسنز میأنی وٚٹھن ہأے



تاپہ قبلیچ مہرێنز لۄچمژ شِنہٕ گامس مبتہٕ آدی بۄز

ننِدرِ ووتھن از تارکھ شۄنگمتی سرِ شامس مبتہٕ آدی بۄز

زلربن ۆئنی زِنہٕ مینژتُلبن از دارِ تہٕ برنبن زأجی سوبن

ملربن مس بۄ رزُنہ گاہ پٲری یو پیٹھ بامس مبتہٕ آدی بۄز

شبہٕ لگی شاٹھس شبہ گرژ تامےٕ کاٹھ بۄدِس گۄ وۆزی ۆزی سوٚر

نبہٕ نژی وزٕمل گُمہ سری وچھٕ تل آرامس مبتہٕ آدی بۄز

صُبحچہٕ زژٕ آسہ کأجس تامتھ بۆرگس بۆرگس فیش دِوان

شامری گٔنز شیچھ واوری لبجیو اتھِ عامس مبتہٕ آدی بۄز

کاکدی دٕہ چھُے نرگسی چشمن لۄ گُمت اۆش چھکر ووُتھ کۄت

ژٕکھ نے دی ہکھ خۄنہٕ لیچھو وے پیغامس مبتہٕ آدی بۄز

ورِ وارس گُن دراہٕژ أسکھ آہٕژ آسکھ مالیوٚن راتھ

چھِٹہٕ پوٚنپری چھی لأرتھ گأمتی چِٹہ جامس مبتہٕ آدی بۄز

اسہِ بٔری حرفن چانہ لۓ یم أشی پھۆری نوقطِ تہٕ شۄرُس بأتھ

شیدا زم زٔی زٹھ لبجیو زٕبتہِ احرامس مبتہٕ آدی بۄز

پدِ پدِ گُنہ نس گرآکس ووِنی
وُدی وُدی دیُتم پاردی پونی
کلہٕ پیٹھی شامن ژادر ہیرٕ
وانن پھالو دِتھ گوٚو ووِنی
وُنہٕ نے ژھمبرِبن سمکھے شام
دامنی دامنی ووتھ اَشی ووِنی
ہوشہٕ سِپارن معنے لیکھ
پوشہٕ پدبن چھے تارکھ شونی
اَدر ژٕہ دِتھ سأدروار
ناگہٕ اَچھن رچھ سوکہ بل پونی
بُرزلی کاکد دانن زول
ناگری قلمس شرٔپ روۄ ووِنی
شیداؔ کر تعویزن میٹھی
تُمی گوٚنڈ شو آکارس یونی

# غزل

کتجہٕ پکھن پٹھ اڈٕ پریوٚن موسم أندی أندی گامس کرِ گتہٕ گیوٗر
مصنوی بوٗنبرا کا کدٕی پوشن أنہ پٹھہٕ منزی تُلہِ ہے ویوٗر

توٚت افتابا سٔدرٕ زٕکس تل تاپہ پُھٹہٕ ہتھ شیراں اول
موٚت مستانا تتنبرِ لوٕج ہتھ فرأے شہارس أندی أندی پھیوٗر

تاپہ زٕژونیہِ ژٕہ دِتھ بٔرگن روتلی ژھاین ہندی موٗنہِ میٹھی
ییٚتہِ گوٚو ٹاربن موٚت منصوٗرا زنتہٕ اویزاں ہیوٗ أشی پھیوٗر

تاپلی شہرٕک نابدی نوٚٹ ہتھ اوبرٕ فوتین منز سونبرٕان واو
گاٹلی کاوا واتل گرِ چھکھ بستن دیٚت تھانُنہ کنہِ زیوٗر

لُکہ پامو ینہٕ پوٗژ مشی دِنٕی پنہ پوشٕری ہیتھ کرأمین
ہرنہٕ أچھو ینہ اوٗش چھکراوکھ سورمہ تُجیو بس لیکھزِ بم پیوٗر

برمندنبن کوٚر پھرِبن پتنبن زوٗل تہٕ چأنس ناوس فروو
واسہٕ وجأریا خاصہ دجبن تل گاسہٕ کرٚچبن ہُند اولا یوٗر

منٛز وِروارس اوٗ کسےٕ بوکسُے اپرُے مپرُے گردِ لیچھیو و
ژٕ تہٕ دیہِ زِنہٕ پوٚت نظرےٕ یوٗکُن بُتہٕ ونہ پانس مبتہٕ ناپھیوٗر

چأنے گامکٕی نیلٕی اچھر ہیتھ شیدؔا غزلن تن شیران
نوقطس نوقطس موختہ چھ پریڈان حرفس حرفس گوٚ وسونہٕ سیوٗر



یٚیتہٕ نہٕ تہٕ کس کس أندی أندی پھلی مِتی بانٛبری پوش
صبح نیران تاپہ وتن پیٹھ شأمری پوش
بنگہِ ؤتھرن ہُند کأف چُھ پریڈان بیرِ گُلبن
کتھ نہ گرس بیمار گُٹھن منز بازری پوش
تیزٕ پھیٚرِ بن پیٹھ سجدہ چُھ نجدُک شہرٕ نبر
نیزٕ پیتِس پیٹھ گامہ چُھ پھولمُت چھانبری پوش
أشی پھیر کرٕھ تأں أسی تہٕ تم نی جوٗگی سُلی
ووٗنی روٗدی پتھ گُن چشمن منز یم سامری پوش
یارِ گُلس تل ڈیرٕ چُھ پہلِس، پرأنی دلیل
ہارِ دوا لیٚوکھ طوطہ چُھ ژھاراں پھانبری پوش
مشہِ ما چانبن اوٗبرٕ لشبن ہُند مُتی خأرات
از تہِ براں چُھم گُنہِ ہلمس واوری پوش
گردِ پھُٹج ہیتھ واو پکھن پیٹھ سونتھ سیاہ
شیدا آنگنی گۓ چھلہٕ چھانگری پوش

# غزل

ژہتہِ ینہٕ پنجرس تھاَوتھ ہاَر

مبتہِ ما تنہٕ مُژراَوی داَر

وُنہ چُھم ہلمس ورزُن واو

ینہٕ ینٛیہِ کرِ ہمم سُے دعاَیہ خار

گُلوٗ شنجارس زول تراَیاَے

دوہ گوٚو کوہ پٔٹھی لیٚ ما تاَر

تنہٕ گوٚو وقتا آسی یاد

اسہِ پاَراَیاَے ییٚلہ اچھٕ داَر

تنگ گوٚو نظرن ہُند کنہٕ واس

نتہٕ اَس میاَنی تھزٕ ژھیٚہِ پاَر

ژٔلی تِم پوشری خابن ہندی

وولہِ بہہ پانس دِتھ تھاو داَر

اکہِ ونہٕ والان بیٚیہ کھالان

نہ چھُ گُنہِ تاپُل نہ چھِ کاثہہ یاۍر

تم أسی سونہری برثز گے غاۍب

ووں ییٚمہ آۍگنز پھیانگن بیٛار

اسہ اوس دۄ دسہٕ تہٕ ویٚتھِ دیُت دام

بوچھِ ہتی نبگلو ڈل تے ماۍر

بُتہِ کتھ کتھ لنجہ دٕشی ہرٛراو

ژٕتہِ کس کس نش نومرکھ کاۍر

مٔلی ہیٚہِ ئلی گُس شیٚدا چاۍنی

گٔلی اچھرن ہنز غزلا چاۍر



# غزل

منہٕ پلنے ینہٕ پیوس تھنہٕ بھایا
زہنہٕ بروٗنٹھے تنہٕ گۓ سنہٕ بھایا

ژٕتھی اچھرو آوری روٗیہِ ورق
سُنی خاب تہٕ اُچھ پٹھ بنہٕ بھایا

پنزی واندر اُندی اُندی ژھایہ گہُل
بُتہِ ووتھمُت ما چُھس ونہٕ بھایا

سنہِ چشمن ہوچھمِژ ناگہِ پوکھر
اوٗن کرِتھ کتہِ دوہِ کول انہٕ بھایا

رنہٕ پوٚ چھُم أندری وچھٕ ژأرِس
پنہٕ بتہٕ چھُم ویہِ وُن رنہٕ بھایا

پوٚت آلو تم نی سبکہِ ژہ دِتھ
یلہِ برأنتی تہِ تژھ کتھ چھنہٕ بھایا

ئلہِ بأگر گامس لِدرِ تہٕ
ینہٕ اوسُے تی بوٗز کنہٕ بھایا

سُلہ ٹُلہ ہس ہندرِ تہٕ کوٚرہس غأبِ
شأچ کینہہ خبرٕے چھنہ بھایا

ئلہِ حرفن شیٖدا دوٗزتھ دِوان
چھلہِ أشی پھپری پاگل پنہٕ بھایا

# غزل

پانس پننی کھئتہٕ تقصیر
شبہٕ گئے کاژری چھتہٕ تقصیر

ہنگہٕ منگہٕ برنبن وُتھی گئے تأری
یمہٕ گرِ ما ژلی مُتہٕ ، تقصیر

شامس تاں کتہٕ موکلن پاے
صبحے کمی سنہٕ ئتہٕ، تقصیر

کوچھِ منز کیاہ چھے رٔژرِتھ تھاو
موچھِ منز چھِم بوچھِ ہٕتہٕ ، تقصیر

تتہ ما ہوٚ ندری کٹہٕ کوشی راتھ
لونچہ گٔنڈتھ تھو تتی تقصیٖر

ٲلۍ ینہٕ کھالن تھدِ تھوٚد پیوٗر
ہٲلۍ اچھرن چھِم گٔتی تقصیٖر

ہلمس برٕ ہو تتہِ چھُنہ وار
پوشن خوشبو پٔتی ، تقصیٖر

سریہِ زٕژن ہُند موٚت ما اوس
پریوہ چھٲلۍ گٔمۍ لوٕ ۂتی ، تقصیٖر

کاوٕنۍ شیچھ چھےٚ شیدا بوز
واون چھیکۍ پرٕتی تقصیٖر



بہٕ یوٚونہِ سونتہٕ زن باضے ہران چُھس
گہے صبحس گہے شامس مران چُھس
مےٚ چُھم اچھرو بدل وأراگ تلُمت
شٔیِٹھ حرفن سرٕہُل معنے پران چُھس



# اڑوٕ ژھ دأر

شِلہٕ وۆل مخملی وردن پانس

کھِلہٕ وٕتھرن پیٹھ لوٕ ہوٚت زوٗل

داۓمنٕز داۓمنٕز ناگہ جوین پھول

یاوٕنی گامےٚ شراوٕنی شرونی

موچھِ منٛز روٗ چھمُت پوٚنپری ون چھتھ

کوچھِ منٛز بوچھِ ہوٚت شُری ہنٛز مونی

سُنبلہٕ تھربن تل رونہِ کنہ دوٗرن

تاپہٕ ژٕژن ہنٛز وُتھ پھسرأے



یم چھی بربم ییٚمہ بربمہ سمسارٕ کی

کمہِ تاں خانٛچ اڑوٕ ژھ دأر

نتہٕ کُنہ طمہس تر پچھہِ گاٲژ
وِگنہ پدٕ ن تل پھربکہٕ ہوٗنہِ ہکچین
دِگنہ چُھ پرژھیوٚن اوٗش دوژھِ دارُس
یٚیتہِ کتھ ٹھپھکی تاپٕلی وتہٕ ہپٹھ
خابہ پربون ہندی زاٲلتھ ژاٲنگی



مالنٕی گاہٕچ شیٚچھ چھےٚ آمژ
زولہِ چھےٚ کاٲمنٕی لولہٕ تِلہ کراے
ننہِ نبہٕ تارکھ شوٗنگی مِتی آسیاہ
سن دِنہِ داریکھ پانس ژپری
وولہِ پکھ آدٕنی تھرِتل بہمو
روٗمسی کچھن ہُند مالیُن ہاوے
لرِ لوٚ رساوے پٔنٕنے پان



کملہِ زوِس منز پھوٚر پھوٚرالراں

حأراں سودرس ملر بن دِویا

موچھِ منز بوچھِ ہتی شراوِنی پوپری

کوچھِ کوچھِ پھولہٕ وُن سوچھِ شجارا

کھزر گُلس تل خضریٰ سمہ کھوٚن

أنز رُن گنز رُن ازلک نیأے

منہ سنیأ سیا سو نہ کنہٕ دوٚرن

پنہ نے گوپھِ منز حوٚرن جاے

حرفہٕ بِدس گے رونہ شرونہ رارے

گوپھ ہنز وُپھ کھرٕ نِلہ زانیانس

کینٛہہ ہٕنکہ مالنہٕ لج ٹلہ تراو

ادٕ روٗٹ أنن پرتو کوچھِ منز

موچھِ منز سوٚنبرُن اند وند کال

وُپھ



## کیٛنٛہہ نٔک کأے

منہ منٛز تھنہٕ پیوٚسنہٕ وُن معنے

ہنہِ ہنہِ میلتھ پھر بکہٕ وُن ہوٚ ہوٚ

وپچھٕ چے بچھِ تل دۄ دسہٕ تہِ سیکلیک

کٹھِ پتہٕ گُٹھِ یقرارِ کرٛ ژٲنگی

گُمہ سٔری روخہ وسہِ شفقہٕ تہِ سجدس

سورمہٕ أچھن رلہِ شامری میل

ڈبکہٕ چی گیٛنہ تھٔر آیت آیت

وُٹھ کملأ وِتھ حرفن حرفن

نو قطہٕ رٹن ییٚلہ خالک انگ انگ

الفک قد کڑ کڈ ڈتہِ شُنی ہیوٚر

لامکی ہن مُتِجٕ خاب ونو منزی

سوختہ گرٛھن اِدموختکی پأز

میٚمس منٛز پھبہِ کیہنک کأے



# کملہِ شہُل

گٹہٕ زٔلی پُرِتل ننتھ ننٔز سأوِتھ

اکھا اکھ شہہ ٹُل میانے شہرُک

گامہٕ وِچھس منز روٹہٕ گمتی ہکی

استاں آنگی منگہ منگہٕ دم پھٔٹ

مٔشدِ برُک ٹھس شرو کنن ژامُت



پنجرُک آلوتا پہ پرُن ہیوٗ

اوٗش چشمن ہُند گردِ چھپاہی

نظرٕ دُچا اکھ موچھِ منز موہرٕ

ستہٕ ماسین ہندی رتہٕ پھیری گنز رِتھ



پکھٕ ژٕڈی کوترسیکس تأرتھ

تنبرِ بٕنُس پیٹھ ووہوٗن اول

نابدی گاپچ ٹٹھ وبن ارزتھ

بیرٕ کُلین تل درزن مالیوٗ ن

سزٕ پوشن پیٹھ پاردی لوٕ پھیری

ہندِ چھندر یومُت وگنوٕ پان

زاشُری پلونِ أتھرنہٕ پجرُن

اند وند شہرس بربم راہ چاکین

سرفہٕ ٹوپن ہنز پریڈاں لال



صبرٕ چہ پرُٕ پیٹھ منگہ منگہ وہرِتھ

ییرٕ ھ تےٕ پرٕھِ ہُند آرومارو

سِر یہٕ زٕ ژن اتھِ گٔنی شپچھ گرنے

ووش گرٔ تامے واوس اتھِ لگی

أشی پھیٚری والن وَنہ سہلاب

پرِیہِ وٕنس منٛز نبتھٕ نوٚن جوٗ گیا

کرتُلہِ عاصہٕ تہٕ وبسرن بال

کتجہِ پکھن پپٹھ سکبھ صحراوٕ چ

ابر ہہ ریٚین پپٹھ شراوٕنی ڈونٹھ

اسہِ پھولہِ دۄ دسس زم زم یاوُن

کملہِ شہُل کرِ یاون رأے





# ہوٚ کُس بہٕ کُس

ہوٚ کُس بہٕ کُس ، تیٚلہٕ ون ژٕ کُس
سُرٕ بنہٕ یِمۍ دیُت تنبرٕ بن واو
أچھ ٹٹہٕ وارے پیرٕ بنہٕ زوٗل
ریٖہہٕ کھٗرٕ پھہرٕ بن گامن تام
یخ وبگلِتھ ووٗتھ کھنگرٕ بن اوٗش
داءمٕنز داءمنز پیٚۍ نبوٗ شُپ



ہوٚ کُس بہٕ کُس تیٚلہٕ ون ژٕ کُس
ہمبرٕن یِمۍ دیُت گرٕ بزٕنک آے
شامے شامے شرٕ بزٕ کھیٚۍ زوٗن
روٗءتلۍ روٗءتلۍ وَچھ تلہٕ غاۓب

کوچھ گۓ نلہٕ وٹھ دودٕ ہٕری زاۓ

معنہٕ أتھری گۓ سونہری خابن

مائزٕ گُلبن پھٕج أشی دوراۓ



ہُہ کُس بہ کُس تیٚلہ ون ژٕ کُس

آتش بازہٕن ترٹہ انہار

چٕٹہ کوترٕ تھی بامے ذٕزی ذٕزی

کوچہ گلٕس پیٹھ ژھرٹہ ژھرٹھ کرٕونی

پٕننے آنگنی گامتی پرژھینٛ

زأنی پتر ہیتھ حأراں کاو

ان زانن أسی نیب پرژھان

چٕٹہٕ کوٗترٕ گوٚ ورتہٕ سری وتہٕ بڑی

تاپہٕ لین تل آنپہ منگان

کھلہٕ وٗتھرن پیٹھ رُدٕ پھیری حرفن

واوِ رنگشی نہنا وان کأے
تاپہ ٹیکہن دیُت سیکلیو ژہ ژہ
گُمہ شہجارن پاردی وردن
مہر ینی تأنس گوٚ وینلام
پتہٕ وتہٕ یوس کتھ سوے کتھٕ باوے
زُنہ ماجے زونے ہأنکل تراو
وانکو گنڈ تھاوٗری کھالتم





# گٹہٕ زٔلی بأنگی

اوبرٕ فٕوٚ تِس تل کوتر جوٗریا

سریہِ زٕ ژن ہُند یراں اول

صبرٕ چہ پرٕژ پیٹھ صبح منگہ منگہ

گاشہ ٹیکین ہندی گلی ؤ ہرأ وِتھ

تاپہ ٹیکین منزأشی پھیری ترو پراں

چشمن منز للہٕ ناواں آش



نبہٕ ژادر ہبتھ کلہٕ پیٹھی وارٕژل

بأنگی پدبن ہنزٕ پکہ پکہٕ ووناں

رتہٕ سری سربہہ چُھس ہٹہِ تلہٕ پشپاں

تارکھ سب ہبتھ نب نیلیو مُت

واو رِنگشٕی نہٕناوان کاٗے

تاپہٕ ٹیکٕن دیُت سیٚکلیوٚ ژہٕ ژہ

گُمہٕ شہجارن پاردیٚ وردن

مہریٚنی تاٗرِنس گوٚ وٚنیلام

پتہٕ وتہٕ یوس کتھ سوے کتھٕ باوے

زُنہٕ ماجے زونے ہاٗ نکل تراو

وانکو گنڈ تھاوٗری کھالتم





# گٹہٕ زٔلی بأنگی

اوبرٕ فوٗ تِس تل کوتر جوٗریا
سریہٕ زٕ ژن ہُند بیر اں اول
صبرٕ چہ پُرٕ پیٹھ صبح منگہ منگہ
گاشہ ٹیکین ہندی گُلی ؤہرأوِتھ
تاپہ ٹیکین منزٕ اُشی پھپری ترو پراں
چشمن منزٕ للہٕ ناواں آش



نبہٕ ژادر ہیتھ کلہٕ پیٹھی وارٕٹل
بأنگی پدٕ بن ہنزٕ پکہ پکہٕ ووناں
رتہٕ سری سر بہہ چُھس ہٹہِ تلہٕ پشپاں
تارکھ سب ہیتھ نب نیلیو مُت

ژھوپہ لرترأمژ مالہِ ڈبکس پیٹھ

زُنہ ماجہ زوُ نے لوٚ ژھرؤ ہرِ تھ

گاشرٕ خاصس چوٗنہ جراں چھِس

اچھؤلی باغکی شامرٕ جُگنہِ

گٹہِ، ہُند گر ہنز پھیُر

ژھٹہِ نبو موچھِ منز

چھتہ لٔج تُلر بن گتہٕ ریٚنز بانبر

انہرٕ زٕ ژووٕژ پوٚنپرٕ ون ہیتھ

پرٕ یو واربل وانکہِ گنڈِتھ نیوٗ

پتھ ون ترووکھ یارِ گوڈس تل

تتھٕ یٚیتہ سرپھن فاقےٕ اول

اِدکوٚرکمی تاں ہانکلہِ ٹھس ٹھس

سُے اوس شاید گٹہٕ ژلی بأنگی



# مالنِہ وتھ

ہکچِہ پدٕ بن تل گوڑ کڈی ٹھس ٹھس
روٕنہٕ داماںٕچ شروٕنہِ ڈُبرائے
ووٕہ وٕنی وٹھٕ تھہہ، تنبرِ روٕخن پیٹھ
ٹار بن لأرِتھ شر پیمتی خاب
باولی اسنأ چھی تھوپِ گٹہِ منز
نظرِ بروٕ ژوٕل پرتوی پأز



مأنزِ پدٕ بن تل تنبرِ شُر ہیوٕ
کافل چشمن ہند رتہِ واوُر
دوٕ دسہٕ شر پیوٕ مُت سیکلین ہنہِ ہنہِ
دامنی دامنی ناگہٕ وُزِنی ہش
گٹہ زٔلی خابن ہٹہِ تلی ژٕہہ دِتھ
پھرِتل پھوٚرگوو پھلہِ پھلہَ غأب

للہِ پیٚو وزولہِ زولہِ توٚت للہٕ ناوُن

مئےٚ صحراون زالنۍ ژۂ نگۍ

کونگہِ دیُت روسلِس ہِلہ ناگک برہم

وڈروپیٹھۍ ژٕج ژندہاروی زوٗن

اٹلخ گراوس تازٕ نی دٕ ترے

اوبرٕ کدلی توٚ ربالہٕ اپور



مبتہِ گوٚ ووونی یژ کال اُچھن منز

ہِلہ وُٹھ للہِ ہُند پل للہٕ وان

ڈبکہ چے گیٚنہِ چھم گربنز تل آمژ

پھوٹجہِ دٕلتھ چھم مالنۍ روپہ وس

ییتہِ چُھم واربو آنگُن دوٗ دمُت

بب ہے یہ ہمم نی ہمم توٚ رژ 

# وصیت

وِرِوارن ہٕنٛز ژھوپہِ ہُندٕ گس ءگس
مٕرٕ مأدائکی یرٕونی بأتھ
نِلہ ناگکی شلہِ خاصہ چھ کترٕبن
آنگنی خانن برنٕبن تأری
ژھیٚپہ پٕش شراوٕنی روٗنہ دامانس
ہکچہ پدٕبن تل گنی دُبرأے



گریشمہ سوکالس الہٕ وٕتھرن تل
مس مُژراۤوتھ دوٗدہری زوٗن
ہرٕدٕچ تیہہ ءسنی سوٗنزلہ جیبنٕس
مالنی وتھ نٕراواں تاپھ

وندِ گوٚ ووُندٕ سری نارٕ تسوٚ نگل زن
شِنہ تھوسی ننہ گلو ونو قطرٕ محیطک
پریہِ ونس دیُت سرفو شاپ



للہِ ہنزِ پُرٚتل پڑھِ شہجاراہ
زولہِ زولہِ ٹھولہِ چھم ڈکھ ہی مال
پہرِ پشس پیٹھ یارِ شہُل چھم
براند پدیو تلی ناگہٕ وُزٕنی ہش
سندجہِ ڈلس چھکی سونتن پوٚنپری
شامری گامن بانبری وگنبن
ژانگبن تل ابساواں زوٗل



دِلٕ زبس ڈبہٕ ہنز پنجرٕ تہٕ دارے
خاصہ ؤلتھ چھی آدٕنی پوٚش

پھو چہ پیٹھ شیر تھ یاوِنی ژھرچھٕیی

منز لِس منز چھٕیی سأوتھ ہأر

برِ چے ہأنکلہٕ وأنکلی پن چھُے

خانہٕ کتر چھٕیی شاندس شاند

شہرٕ چہ تِلہٕ سرٕ کے پیٹھ دۆ دمُت

گامہ درمُن تے نیچہِ بونبوٗر

دِپی زبس وونی نایہٕ زم خبرے

بیرِ گُلس تل شیر تھ تھوی زم

مالنی گامے قبرے وار



# ٹُکھ

قلم تُلہ ہاتہٕ لِکھنس چُھم نہ وارٕے
نہ تِم اچھرے نہ الفاظے ، نہ شارٕے
دِواں چُھس گردِ بُزی کھالتس بہٕ پھیوٚر پھیوٚر
تیٚیم ما پریوٚن اتھ کانٛہہ اشتہارٕے



مےٚ أندی أندی آسی کأتیاہ دوس لأگتھ
کرٕلی تنہٕ جامہ سُے ہتہٕ سوس لأگتھ
اندری اندری پِتر گگرایہ وُزمل
نبری کُنہ سونتہٕ کالُک پوس لأگتھ

# ٹُکھ

شۄہل لوکچار اُچھِ داربن سجوُوم
وتن رہتہٕ کاٹِلی یاوُن باثرووُم
ووں چُھم ہرڈُک زرد پن رِنگشہِ پراراں
لوٚبُم نا کیٚنہہ فقط روُوم تہٕ روُوم



پزِرکین حرفن ژٕ لولُک معنہِ پر
دلبری ہُند بے بسی منٛز پان سر
گوٚن وُٹھن پیٹھ تھاو شُکرانُک دُعا
صبرٕ ژاٚنگین زال گوٚھ خوٗنے جگر

## مصنف سنز چھاپ گأمژ کتابہٕ:

☆ سوزنل — کأشر شاعری

☆ ریٔنبہ آرہ — کأشرٕ واکھ تہٕ وژن

☆ صُل علیٰ — کأشر نعتیہ شاعری

☆ کرٛہُن شین — کأشر شاعری

☆ شینہٕ شہر — کأشر شاعری

☆ یہ خلش کہاں سے ہوتی — اُردو شاعری

## زیرِ طبع کتابہٕ

☆ زوٗن — کأشر مثنوی

☆ تاپہ ٹیکٕ — کاشر شارٕ سومبرن

☆ دھوپ کے ٹکڑے — اُردو شاعری

☆ صلو علیہ دایما — نعتیہ شاعری

# SHEEN E SHEHER

## Poetry Collection

ALI SHAIDA

چھی کمہِ سوٗنٹکۍ پوٗنپرۍ نائلی

مےٚ چھُ ووشلیو مُت شینہٕ شہر



MUKHTAR PUBLICATIONS